کتابہ ہندناو : ''وبتھ پۆت ہرٕ دِچ''

شاعر : یوسف جہانگیر ( آونیور شپین )

(ryousf70@gmail.com) (7006566653)

کمپوزنگ : یوسف جہانگیر

سرورق : روؤف قیاسی

تعداد : ۵۰۰

چھپن وری : ۲۰۲۱ سنہ ء

مول : ۳۵۰ روپیہ

## کتاب میلہ

- محمد یوسف راتھر ( یوسف جہانگیر ) آونیور شپین
- کتاب گھر مولانا آزاد روڈ سرینگر
- مراز ادبی سنگم ، وتچبیور ، اسلام آباد ، کشمیر

# انتساب

''پنہٕ نس زِٹھس بأے سندِ ناوٕ یُس مشکل کھوتہٕ مشکل حالاتن ہندس سہلابس منز مےٚ بڑ ونٹھ گٔنز ہمالیکی پأٹھی کھڑٕ اروٗ د۔



مہرباں چھُم خدا الحمدُ للّٰہ
نمباں چھُس تٔسی سدا الحمدُ للّٰہ

نبیؐ آخرزمانس اُمّتی چھُس
یہِ احساں کم چھُ کیاہ الحمدُ للّٰہ



# ترتیب

| نمبر شمار | فہرست | | صفحہ نمبر |
|---|---|---|---|

## غزلہٕ

# وٕتھ پۆت ہرٕ دٕ چ: نوِ
# وتہِ ہُند تلاش

یوسف جہانگیر چھُ وٕتھ پۆت ہرٕ دٕ چ ناوِ سۆمبرن منٛز أکس اہم تنقیدی مسلس کُن سون توجہ پھران تہٕ پننہٕ شأعری چھ پننہ اتھ تنقیدی رایہٕ ہندس حمایتس منٛز پیش کران ۔۔۔''یلہ نقادو سانہ برونہمہ گاچہٕ چہِ سرٕی شأعری ہندٕ بن فنی کمزوربن پیٹھ اوٚ نگہ تُج ،کینٛہہ وتھدِ پایہٕ کیو نقادو کۆر تمہِ شأعری ہند دفاع ،یہٕ زن جایزٕ تہِ اوس ،مگر میانہ خیالہ دراو اتھ اکھ منفی نتیجہ تہِ ،یعنی سانیو معاصر شأعرو تہِ ہیۆت امہِ رجحانک فأیدٕ تُلن ۔بالآخر دراو نتیجہ یہٕ زِ قطعی غیر معیاری شأعری ہیوٚن بارسس ینٛز''۔(ص:۱۴)

یوسف جہانگیرن چھنہٕ پانہٕ اتھ مسلس وضاحت کرٕمٕژ ،نہ شوٗبہٕ ہے اتھن ۔مگر تمی سند سوری کلام چھُ امہِ أہم تنقیدی رایہٕ ہنٛز مناسب تہٕ

معقول مثال۔ کانہہ مانہ یانہٕ مانہِ ،سانہ معاصر شاعری تہٕ گُلھم ادبس واتنۍ و درون بنیٖ ہندس حمایتس منز ''جدیدیتن'' ساروی کھوتہٕ زیاد نوقصان۔ بند کمرس منز بیٚہِ تل کلہٕ ہتھ ہیٚژ سانیو بسیار شاعرو عروضی سبق ہیچھتھ محض سِری اسرارن ہنز باوتھ کرٕنی۔ ''تخلیقی ورتاو'' کس بے معنی لبادس تل روزتھ کوٚرکھ پانس أندی پٔکی انسانی ،فطری ،سماجی ،تہذیبی تہٕ معاشی تاریخی رشتن یکسر انکار۔ سہل انگأری ہندی أمی ؤتیرن ژوٚ مرأو تہنز شاعری کینژن لین تام ییمیک کلھم لغات ہتھ زٕ ہتھ لفظن ہند متوأ لی ورتاو چھُ۔۔۔ زنتہٕ یہندی سأری غزل أکی شاعرن أکسی ماحولس منز لیکھی متی چھِ۔ تکرار چھُ امیک خاصہٕ۔ ''وۄتھ پۆت ہردچ'' سۆمبرنہِ ہنز شاعری چھ امہ یک رنگی منز نبر نیرنچ تہٕ ذاتس نبر حقیقتک ادراک حاصل کرنچ دلیرانہٕ کوشش۔ یوسف جہانگیرس چھ ہر لحظہ بدلونس دنیاہس ستی شعری رشتہ جورنک ہُر ،حوصلہ تہٕ مطالعہ۔

شفیع شوق

ہأرون ۲۶ جنوری ۲۰۲۱ء

# کتھ ژاکھ

کأشرِ زبأنی ہند ادبک نب چھُ وأنسہٕ وادو پتھ شأعری ہندی پٔریزلوٗنی گاشہ تارکھ ہٕتھ غزلن، وژنن، واکھن، شرٕکھن تہٕ باقی فن پارن ہند گاش ژھٹان رودمت تہٕ اتھ تارکھ منڈلس منز چھ دوہہ کھوتہٕ دوہہ تھکن لایق بٔرژر گژھان۔ شرٕکیو تہٕ واکھو پتھ شروع کرتھ روٗد کأشر ادب سرِی، رومأنی تہٕ جدید شأعری ہندیو مأدانو منزی پکتھ لانپہ ترٛأوی ترٛأوی ترقی ہند منازل طے کران تہٕ ووٚنی چھُ عالمی ادبہ کس کاروأنس لرِ لوٚر پکان تہٕ زبأنی، ثقافتس تہٕ تہذیبس بوش کھالان۔ کأشرِس ادبی توأرٟیخس پتھ اکھ سرسری نظر ترٛاونہٕ ستی چھِ یہ کتھ کھرٕ سپدان زِ کأشرِ أدیب چھ نثری ادبس مقابلہ منظوم ادبس کن زیاد پہن لوررٕ دِمتی۔ ازکل یوٚ دوے نثری ادبس مثالہ پأٹھی افسانہ، ناول، ڈرامہ، تنقید وغار صنفن کُن پزنہٕ پأٹھی ظون چھ یوان دنہٕ، مگر تیٚلہِ تہِ چھِ یہ کتھ بلکل صیح زِ کأشرِ زبأنی منز چھ منظوم ادبے زیادٕ پہن لکھنہٕ یوان۔ اتھ پتٕ کنی چھ شاید کأشرٕ بن ہند غنأے مزاز۔ تہِ کیازِ یٚیلہِ أسی کأشرِس لکہٕ ادبس سام چھِ

ہسوان، باسان چھِ زِ کأشر چھِ مزازن گوۄن پسند کران۔ لکہٕ ادبکی کہیا نۄ مونہٕ چھِ تم یموتل ننان چھِ زِ کأشُر چھُ وزِ وزِ گیوۄنک بہانہٕ ژھاران رودمت۔ ونوُن، نیٚندٕ بأتھ، تھج کادہرِی حتیٰ کہ مرن وانج باکھ تامتھ چھ کأشرِ ہند غنأیی مزازچ گوأہی دِوان۔ امہِ علاوٕ چھِ کاشرِ ہند جغرافیأیی تہٕ سمأجی حالات تہٕ امہِ آیکرٕ زِ دلیلہ تہٕ داستان وننُک تہٕ بوزنُک رِواج چھ پھانپھلیومت، دٔلیلہٕ تہٕ داستان ونہٕ نک تہٕ بوزنُک رِواج چھ باقی زبانن منٛز تہٕ پھانپھلیومت مگر کأشرِ چھ ونٕد رأژن منز دٔلیلہ تہٕ داستان تہٕ گیوان أسی متی۔ امہِ کنی چھ کأشر زبأنی منٛز منظوم ادب باقی صنفو کھوتہٕ ژۄرے پہن لیکھنہٕ آمت تہٕ ازتہٕ چھ کأشرِ ادیبن منٛزِ غزل تہٕ نظم لیکھنس کنے ژۄر پہن رجحان لبنہٕ یوان۔ حالانکہِ وچھوے تہٕ غزل یا نٔظم لیکھنی چھِ ادبہٕ چیٚو تمام صنفو کھوتہٕ زیادے پہن مشکل، خاص کرتھ غزل تہٕ تکیاِ زِ امکی فنی لوازمات چھِ جادے پہن سخت۔ پٔتھ نوینہٕ تخلیقی تہٕ تنقیدی رجحانن ہنز پاسدأری کٔرتھ اکھ معیاری غزل یا نظم لیکھنی چھِ جوے شپر کڈنس برابر۔ یہ کتھ مدنظر تھأوِتھ چھ مجبوراًیمہِ کتھِ ہند اقرار کرن پیوان زِ کأشرس منٛز لیکھنہٕ ینہٕ وول سورے منظوم ادب چھنہٕ معیاری۔ سأنی اکثر شأعر چھنہٕ فن کین لوازماتن کن دھیان دوان تہٕ نہ چھِ معاصر تخلیقی رجحانن پٔتھ غور کرتھ تیوتھ ادب تخلیق کران یُس عالمی سۄتھرس پٔتھ تھکہٕ ناوُن لایق آسہِ۔ میأنہِ وننک مطلب چھنہٕ ہرگز زِ کأشرس منٛز کیاہ چھنہٕ عالمی معیارچ شاعری لیکھنہٕ یوان۔ اسہِ نٔش چھِ

موجودٕ زمانس منز تہٕ تتھی لکھن والی یہند فن پارٕ عالمی ادبکس آسمانس پٹھ گاشہٕ تارکھ بنتھ پریزلان چھِ تہٕ نوجوان شاعر چھِ دوہہ کھوتہٕ دوہہ پنن فن لوأزماتو تہٕ عصری ادبی رجحانو مطأبق پوختاونچ کوشش کران۔ مگر اتھ ستۍ چھ لکھاربن ہنز اکھ سوجماتھ تہٕ یوس سِری شاعری یا رومأنی شأعری ہندس مأدانس منز وستھ فنی لوأزماتن ہُند خاص خیال چھنہ تھاوان یا بعضے یکسر مسترد چھِ کران تہٕ نتیجتاً چھ سُہ ادب بازرتر اوان یُس پرن والین ٹارِ چھنہٕ کھسان۔ اتھ پتۍ کنہٕ تہٕ چھا اکھ بوٚڈ وجہ سُہ گویہ زِوٕری وادن پٹھ لکھنہٕ آمژ کأشرسِری شأعری یتھ اُسی صوفی شاعری تہٕ ونان چھِ ، چھنہٕ زیادٕ فنی لوأزماتن ہندس ٹکلس گنڈتھ روزمژ ( حالانکہ پننہٕ زمانہ تہٕ روایتہٕ مطأبق چھنہ سأنی پتھ کالچ شأعری کنہٕ تہٕ صورتس منز وسی پایہٕ بلکہٕ چھِ شعری زبأنی ہندی تتھی نمونہ تہٕ نظرِ گژھان یمن پیٹھ یوٚتاہ تہٕ فخر کرنہ ییہٕ تیوٚتاہ چھُ کم ) بلکہٕ چھِن خیالس پٹھ یاوٕنی تو مابعد طبعیاتی مضمونن پیٹھ زیادٕ پہن زوٚر دیتمت۔ اَمہٕ طرفچ پأروی کران چھِ سانہٕ موجودٕ زمانکۍ واریاہ شأعر لفظن ہنز ولٹہ تہٕ وریب ترکیبہٕ تھرنس پیٹھ زور دوان تہٕ عصری ادبی کیوٚ فنی لوازماتو نِش نکھ مُرتھ سوشعری زبان استعمال کرتھ پنن مول والان یوس جدید کیاہ سأنس اولین شعری سرمایس خأطرٕ تہٕ پام بنان چھِ۔ یتھن چھِ یہ کتھ وننۍ ضروری زِ للہٕ دیدِ پیٹھ احد زرگرس تام چھُ سون شأعری ہُند سرمایہٕ سانہٕ مضبوط ادبی روایتک غماز یتھ منز شعری وطیرن تہٕ خیالہٕ باوٕژ زبأنی ہند شأعرانہ استعمال حوالہٕ تہٕ

عالمی ادبی رجحانن ہند حوالہٕ تہٕ ٹھیکنی لایق طرقی کٔر۔ اتھ مقابلہ چھِ سأنی اکثر موجودٕ شأعری تمنے اصلافن ہٕندٕ بن مانڈنہ آمتیٚن خیالن ہٕنز بازگشت سوٗ تہٕ تمہِ کھوتہٕ وسِ پایہِ زبأنی ہندس ورتاوس منز۔

بیا کھ وجہ چھُ یہِ زِ یِیلہِ نقاد وسانہِ بڑ ونہمہ گاچہِ سری شأعری ہنزن فنی کمزورین پٮ۪ٹھ اوٗ نٕگیٚج سانیو کینژ وتھدِ پایہِ کیو نقادو کوٚر تمہِ شأعری ہند دفاع یہِ زن جأیز تہٕ اوس مگر میأنہِ خیالہٕ دڑ اواتھ اکھ منفی نتیجہ تہٕ، یعنی سانیو معاصر شاعرو تہٕ ہیوٚت امہِ رجحانک فأیدٕ تلن۔ بلاأ خر دڑ او نتیجہ یہِ زِ قطعی غار معیاری شاعری ہیٚژن بارسس ینٕ۔ امہ سارے کنہِ باوجود ونہٕ ہہٕ یہِ زِ کأشر شاعری کن نوجوانن ہند بڈُون رجحان چھ سٮ۪ٹھاہ خوش کروُن تہٕ کأشر زبأنی ہنز تہٕ ادبچہِ پایدأری ہنز ضمانت۔

یوٚ تام زن میون تعلق چھ، بہٕ چھس ادبی مأدانک اکھ کھوجھ کروُن شُر تہٕ از چھس گوڈنچہِ پھرِ پنن کلام توہہ بڑ ونہہ کن ترٕ اونچ جسارت کران۔ مےٚ چھ یاد یِیلہِ بہٕ أٹھمہِ جمأژ پران اوسس سانہِ گرِ اوس داستان پرنک تہٕ بوزنُک سنز کرنہٕ یوان۔ اکثر اوس گامندر کیو منز اکھ شخص یمٚس ٹلی شاہ ونان أسی کالچن ژیر تام جنگ نامہ، خدیجہ نامہِ، ہزار داستان بیترِ پران تہٕ أسی شُری أسی بڈٕ شوقہٕ سان تمس أندی أندی بوزان۔ کیہنہ کال گژھتھ لأ گی مےٚ پانے جنگ نامہ پرٕنی تہٕ ہمسایہ تہٕ أسی مے دعوت دِتھ جنگ نامہ پرٕنہِ نوان۔ شاید چھ یوٚ ہے وجہ زِ مےٚ گو لو کچہِ وأنسہِ منزی شار لیکھس کُن ظوٗن۔ امہ علاوٕ چھُ سون گرٕ آدن کالہٕ پٮ۪ٹھ تصوف کین خیالاتن سےٚتہِ وابستہٕ رودمُت، میون بابہٕ صأب اوس پانہٕ تہٕ تصوفس سےٚتہِ

وابستہ تہٕ پرن تہٕ فقیرن ہندیٚن گرٛھن تہٕ اوس، یمہٕ کِنۍ تصوف مذہب، تہٕ فلسفس ستۍ میٲنۍ وابستگی سبٹھاہ کم وٲنسہٕ منزی روزمٕژ چھ، یتہٕ ہیٚکہ شاعری کُن متوجہ گژھنک اکھ محرک آستھ۔ مےٚ لٲگ دٕہمہٕ جمٲژ پٔٹھ اوٚ گرتھوٚ گرشار لیکھنۍ پتہٕ دیٛت مےٚ پنٕنۍ ٹاٹھی پوپھتر بٲے جناب محمد امین حجازی صٲبن حوصلہٕ تہٕ مےٚ تھٲوٕ یہ کام جٲری۔ حجازی صٲب اوس اکھ فلاسفر تہٕ اکھ عظیم شاعر، مگر تس دِژ نہٕ موتن مہلت، مگر افسوس چھم زِ تسند لیکھمت کلام گوو نہٕ مےٚ دستیاب تہٕ سُہ گوو ضایہٕ۔

گریجویشن کرنس تام اُس نہٕ مےٚ شاعری ہندبن فنی لوٲزماتن ہنز پتاہ، تہٕ اوسس فقط کاغذ سیاہ کران، از چھ مےٚ باسان بہٕ چھس نہٕ پرٕنۍ لایق شاعری لیکھان اوسمت یہٕ اُس فقط اکھ دل لگی۔ مےٚ لوگ باضابطٕ پاٹھۍ ۲۰۰۰ ءسنہٕ پٔٹھ لیکھن ییلہِ مےٚ مرازکس مشہور شاعر تہٕ ادیب مرحوم ناظر کولگامی صٲبس ستۍ ملاقات سپٕد تہٕ تمو حوصلہٕ افزٲیی کٔر۔ امہِ پتہٕ گوس بہٕ مراز ادبی سنگمس ستۍ وابستہٕ تہٕ مراز علاقہ کیٛن جان ادیبن ستۍ رٲود مےٚ ووٗتھن بہٕن تہٕ تمن نش ہیچھنک میلیو و موقعہ۔ مےٚ دیت یمو اَدہبو زبردست حوصلہ تہٕ مےٚ لوگ لیکھنس ستۍ ستۍ ادبک تہٕ تنقیدک مطالعہ کرن، یمہِ کِنۍ بہٕ تو ہہ تام پنٕن کلام واتناونس لایق سپدس۔ از دیت مےٚ پنٕنبن بیاضن پھُیر تہٕ فلحال کڈیم کیہٕنہٕ غزلہٕ تہٕ نظمہٕ قٲریس پیش کرنہٕ باپتھ، محض یہٕ زاننہٕ موکھہ زِ آیا بہٕ کتھ حدس تام چھس اتھ منزٕ کامیاب گومت۔ یمیُک فٲصلہٕ صرف تہٕ صرف میون قٲری تہٕ وقتُک نقاد کرتھ ہیٚکہِ۔ مےٚ چھِ وومید میون قٲری تہٕ نقاد کرِ نہٕ مےٚ مویوس تہٕ میانہِ

کمزوریہ بدِ کڈتھ کرِ مےٚ وتہِ ہاوُک ہِنتھ ضرور رہنمایی۔

یہِ کتاب چھاپنس منز یمن یارن تہٕ دوستن ہندِ مےٚ اتھواس روٗ دتھہند شکرانہٕ کرن چھ لأزمی۔ یمن منز چھِ محترم علی شیدا صأب، محترم اظہار مبشر صأب، محترم نثار ندیم صأب، محترم ریاض انزو صأب تہٕ محترم مشروح نصیب آبادی صأب قأبلِ ذکر۔ بہٕ چھس محترم لون امتیاز صأبن سیٹھاہ شکر گزار زِ تمو دِژ یمہِ کتابہِ ہندس مسودس نظرِ تہٕ بیہ تھأوکھ کیہنہٕ رِتی مشورٕ تہٕ آیتن۔

اگر بہٕ جناب ڈاکٹر عزیز حاجنی صأبُن تہٕ محترم غلام نبی آتش صأبن شکریہ کرٕ نہٕ سو گژھ احسان فراموشی۔ یِم مےٚ قدمس قدمس پیٹھ حوصلہ رودی دِوان، یمہِ کنہٕ یہِ کلام بازرتہٕ اوُن ممکن سپد۔ بہٕ چھس رنگن کتھ کرناون وألسِ فن کار تہٕ فن شناس جناب روٗف قیاسی صأبن احسان مند زِ تمو دُیت مےٚ پنٕنہ اکھ پینٹنگ یمہِ کتابہِ ہُنٛد سر ورق بناونُک اجازت۔

أخرس پیٹھ کرِ بہٕ پننہٕ نِہن گرٕ بأژن ہند شکریہ یمو وقتن فوقتن میون کھ ترٛاوٕ پرتھ بہِن برداشت کوٚر، خاص کرتھ لوکٹس لختِ جگر ساحل یوسف صأبن یُس مےٚ اتھ سفرس منز ڈکھ لورِ ہندی پأٹھی ستی ستی رُود۔

یوسف جہانگیر

آونیورشپین

# وٕتھ پٔوت ہرِ دِچ :
# اکہِ سٔدرِچ کل

پرٛتھ نفرس چھُ فن زانُنگ تہٕ فن مانُنگ پنُن بیٚون سلیقہ آسان۔ مےٚ چھِ ذاتی طور فنس ستی وٕرِچ رشتہ دأری۔ رشتہ سپدُ وُسوار تہٕ مےٚ منوو وٕرسہ، رشتہ بنیو نہ تہٕ فن آسن کتی تہِ زأوجار یِتھ، کتی تہِ سنگارٔتھ مےٚ برٛونٹھہ کنہِ، میانہِ نظرِ وٕتھن نہ اتھ کُن۔ مےٚ چھِ ہیرٕ ہنٛزِ لیہِ کھوتہ جاےِ کایہ پتہ کُنیٛ ژھوپہ لے دلس راحت تہٕ فرحت دوان۔ بہٕ چھُس تمہ قبیلک فرد یتہِ رِوایت چھِ زشعرس منز چھُ وننہ آمتس پتہ کنٛیوک ژھوپہ ہندسہٕ دنیا جاےِ بامعنی آسان یُس ونی متس امکاناتن ہندی پردٕ لاگان چھُ۔ اسہِ اندی پکھی چھِ آہنگے آہنگ، گربزلیہ ہُند یُس شاعر لفظوٕسی باونچ کوٚشش چھِ کران۔ پرن وول یا بوزکھ یو دوے لفظے یوت بوزِ تیلہ ہیکہ نہ لیہ ہنٛز گوجہ تام وأتتھ، توے چھِ سأنی بزرگ ونان زونن وألس کھوتہ چھُ بوزن وول جاےِ اہم آسان۔ شعرونن

وول چھُ بیشک خاٗلق اما پوٚز خاٗلقس گژھِ شاٗھد یا ناٗظر آسُن یا گواہ یُس تمی سنزِ تخلیقِ تصدیق کرِ یا تفسیر کرِ۔ نظم کرنچ عمل چھ پتھ کرُن، جوٚ گ سند پتھ۔ لفظ سادھنایہِ منز چھُ پرٛتھ ساعتہ واریاہ کیہنہٕ ونُنے روزان تہٕ اتھ اڈٕ لیچرس چھُ ژھوپہ ہنٛد برایہ بل تکمیل بخشان۔

پرٛاٗنی ہندستاٗنی شاعر آسی منترن ہندی پاٗٹھی ورد کران، باوٕژ بل چہ گژھ تہ املس انسدادس نژُن کران تہ ترسیلکی ساٗری ڈٲری آسی اتھی گتھس منز وبگلان تہ شعرٕ لے اٗس تاثر چہ لیہ ستی ہم آہنگ سپدتھ آبِ روانکی پاٗٹھی جاٗری سپدان تہٕ اٗندی پکھس ساٗراب کران۔

میوٚن شعرک یا زتخلیقی سادھنایہ ہنٛد مزاز چھُ مانان زِ چھند یا زِ شعرٕ باوتھ چھےٚ سو رفتار یا گتھ یوسہ لیہ ہنزٕ رواٗنی ہنٛد ژینن بل بخشہ۔ توے ییلہ مےٚ کیہنہٕ وری بروٚنٛہہ یوسف جہانگیرٕنی کیہنہٕ شعر بوزی مےٚ باسیو زِ امی سندبن لفظن منز باگُک شُنیہ چھُ اہنٛد بولفظو کھوتہ جاذِ باٗوتھ ہیٚکان۔ امی سندبن شعرن ہُند سازٕ گربز باسیو مےٚ امی سند اظہار کہ خلاہہ منزی نیرتھ سہٕ تاثر پاٗدٕ کران یُس ہیٚو تاثر بوزتھ چھاندوگیہ اُپنشدٕ کی خاٗلقن لیٚوکھ زِ ملک الموتس کھوژمتیو ملکوتھووکلس پیٹھ شعرٕ لیہ ہُند سایہ بان تہٕ سپدی امر۔ ہمکال کاٗشرِ شاٗعری منز یُس بوڈ وکانہ مےٚ لبنہ چھُ یوان سہٕ چھُ شعری وزنک محدود پیمانہ ژھاٗرُن۔ کُل عالمس منز، کُل

وبدٕ ن زمانن منز یوٚس شأعری اعلیٰ پایچ شأعری مانہٕ آیہٕ تتھ سأری سے شأعری چھُ وزنُک پیمانہٕ نادنہٕ زِ تال۔ نادٕ پیمانن ہنٛز شأعری چھِ امکاناتن ہند دنیاہ یٚتھ تھنہٕ پیٚوان تہٕ سفر کران۔ امہٕ برعکس یتھ شأعری تال پیمانہ رنگٕ آسہِ سو چھ صرف لفظن ہنٛدس محدود معنوی دنیاہس منز قأد گرٛھان۔ ناد چھُ آزأدی ہند ترجمان تہٕ تال محدود ییچ۔ یوسف جہانگیرنہٕ شأعری منز چھ شعری وزنکہ یم دوشوے پیمانہ موجود۔ توے چھُ تاثرُک گرٕ بز گریز ہنٛز محدودیژ نبیر نیرتھ وسنس انان

دے سرُن توٚگ نہ زانٛہہ جہانگیرس
پانٕی پانس چھُ بلہٕ سراں تنہا

یوسف جہانگیرن کلام پرٕتھ چھ مےٚ یمہٕ کتھِ ہنٛز تہٕ شادمأنی زِسہٕ ژھُنہ زمانس یا زِ کالس اکہِ رٕکھِ ہندِ پیمانہ مینان۔ ہندستأنی فلسفہ چھُ مانان زِ کال چھُ ژٕ کرٕکی پأٹھی نژان: 'چکرنیمی کرمین' تہٕ امہِ حسابہٕ چھُنہ پتھ کال از کالس یا ینہٕ وألس کالس نش الگ بلکہ وأٹتھ۔ یہ سونچ چھُ کالس تہٕ تسلسل دوان تہٕ انسانس دٔرتام وچھُنُک بل تہٕ عطا کران:

بے پرٕد زانٛہہ زمانہ پزر ماکراں چھُ فاش
سٔدرس وٚتُل دواں تہٕ ژھنڈاں لامکاں چھِ خاب

اخبأری زبأنی وطیرس تہٕ ادبی زبأنی وطیرس چھِ میانہِ خیالہ اکھ بڈ فرق یہ

زِ اخبارٕ وٕطیرِ چھُ مُمال یا ہرکارِ سندی پأٹھی دوٚیمیٚن ہنْد مال شانن لٔدتھ نیرُن تہٕ پتہٕ سُے بأگرُن۔ یِیلہٕ زن ادبی وطیرہ مربوط تہٕ کلھم تہذیبک اٗنہٕ بٔنِتھ چھُ یُس مولو پیٚٹھ تہرس تامک وجود بروٚنہہ کنہٕ تھاوتھ ہیکہٕ۔

یہ کیہنہٕ ژھارو تہٕ چھا سورُے کتابن ،منٛز

حقیقت لا شعورِچ چھا حسابن منٛز

تہٕ شاعر چھُ لیکھی متس تہٕ وننہٕ آمتس سأری سے علمس محدود پڑاوان تہٕ لفظن ہنٛدس معنوی ژھوچرس متعلق کتھ کران کران یہ پزرونگ بِتر بأگران زِ حتمی چھُنہٕ باونہٕ یتھے ہیکان تہٕ پزر چھُ صرف ژھأر:

طلب کر زُو اژی سونٛتک زمستانس

سوالن ہنٛز حقیقت چھا جوابن منٛز !

افلاکن سأر کرتھ یِیلہٕ سُہ پانس انٛدی انٛدی نامنأسب حالات وچھان چھُ ،سُہ چھُنہٕ پننس ووٚنِہ باوٕژ چارس بڑ وٚنہہ کنہٕ تیٚوت لاچار سپدان زِ باکھ ژھٹہٕ وُن عام شخصا باسہِ یا زِ شکایت کرن وول بچارِ ہیٚو باسہِ نتہٕ کربکھ تلن وول یا نعرہ دنہٕ وول عام منوشاہ باسہِ بلکہ چھُ سُہ کتھ تتھِ کنی ونان زِ وأنجہ منٛز چھِ وُبودر تلان تہٕ اظہأری ولہٕ ستی چھِ سونچہٕ سٔدرس لٔہرِ تہٕ ووتھان:

گنڈتھ پوختہ آمیٚو پنو لول کوٚت گو

سنگیں ، کترِ بانس یہ کیاہ أدرٕ کھل گے

بہٕ چھُس ذاتی طور شاعری متعلق بیٚیہ اکس غأرعملی نوقطس سیٹھا اہمیتھ دوان۔ سہٕ نوقطہ چھُ شاعری ہُنٛد غأرمیکنِکی باسن۔ اکس پیمانہ گنڈس منز آسنہ باوجود ییلہ شاعری پرنہ تہ بوزنہ وزِ پننس ساختی نظامس نشہ بے پرواہ کرِتیٚلی ہیکہ سو تاثر ہتھ فیصدی آنندس منز منتقل کرتھ وورُسک حض تلنأوتھ۔ یوسف جہانگیرنہ شاعری چھُ یہ وصف تہ زِ یہ چھِ لفظن پیتہ کنہ کس تأثرس تام بوزُھس یا پاٹھکس واتنک موقع دوان تہ پننس نژن گرٛ ہژس منز تس شأمل کران:

گاشہِ پیٚنیٚن تام دوپ ہم زُو ونٛدُن

ژے نبس تارکھ تہ نہناوکھ ژےٚ کیاہ

أیینہ أچھن پیٚٹھ کھولتھ ئلی چھوکہ دأوی بدن

نم اُسی پنٛز ، پانے بُتھ زُل ، تُل ترٛاو کتھا

ہأرتھ تہِ یواں چھُم مےٚ سکونے یہ عجب باز

شوقس بہٕ گنداں چھُس یہ دوہے زار أچھن تل

یوٗسف جہانگیر صاب چھُ بلاشک کاشرس ہمکال دورس منز اکھ امتیازی لب ولہجک شاعر۔ یہنٛزِ شاعری متعلق ہیکہٕ بہٕ جے کرشنا موٗرتی سُند یہ دوپ پیش کٔرتھ زِ کتھ گے سوٗلیس مےٚ ؤنی، تتھے پاٹھی یتھ پاٹھی مےٚ وننہٕ پزِ ہے تہٕ یہے کتھ چھےٚ سو کتھ یوس تموسارو ے تہِ تتھے پاٹھی ونہٕ یتھ پاٹھی تمن ونہٕ پزِ ہے، تم سارٕی یم کتھ وننہٕ باپتھ ژارنہٕ آمتی آسی۔

یوٗسف جہانگیر چھُ پۄز شاعر تکیازِ سہٕ چھُ زاتی زندگی منز تہِ پننہٕ شعرکی پاٹھی شۄد، آسنہٕ رنگی تہِ تہٕ باسنہٕ رنگی تہِ۔ تمس تہٕ تمی سندس شعرس سمکھتھ چھُ مےٚ پرٛتھ ساعتہٕ پانس سمکھنگ ہیٚو احساس گنان، سہٕ پان یُس للہِ ہنٛد تہٕ نندرِ ہشی صابن عشقہٕ شعورٕ زُوان چھُ۔

ستیش وِمل

۲۵ جنوری ۲۰۲۱ء سری نگر

# پۆت ہرِ دِچ وۄتھ

کٲشیرِ اوس وۄنہِ زل دیو آبہٕ کھوڈس منز من رنز ناوٲنی تہٕ ٹھور بن پیٹھکی بسکین درٲسی کانہہ نتھ راتس ووڈہٕ نندرِ کران، یتھ سرس أندی أندی بالو پوٹ اوس وہراومت تمی اوس نہٕ وُنہِ کانہہ تہٕ ناو پرومُت۔ کتھہٕ، کمی، کیاہ تہٕ کمن حالاتن منز گو آبک نکاس تہٕ یہٕ پتھر بنیاے کن دِنس قابل تتھ چھِ پننی کیہنہٕ اسطوری، لکہٕ تہٕ سائینسی روایژ ڈکھِ، یُس اکھ بیۆن موضوع چھ۔ مگر پراچین کالہٕ پیٹھ أسی یتھ سرس ''ہیڈ پس ونان''۔ ڈوکن تہٕ کوٹھن ہندو جودِ پتہٕ کۆرس ہئند یو ''وستستا'' تہٕ کأشریو ''وۄتھ'' ناو۔

بقولِ سر والٹر لارنس ''ییلہِ یہٕ دٔری یاو وَر ملہِ پیٹھ کٲشیرِ نش جدا چھ سپدان اتھ چھُ ''کاشر دریا'' ناو پہ۪وان تہٕ کشن گنگا سٟتی میٖل سپدتھ چھ یہٕ أخر ''جہلم'' ناوٕ شہرت لبان۔ اکہِ لکہ دپہٕ چھ وۄنہٕ یوان زِ جھیلِ وولر چھ امی دٔری یاوچ موج تہٕ کیہنہٕ چھ ونان نہ سہ نہ أمی دری یاون ہسا چھُ ویر ناگہٕ زاینُن لوٚ بمت۔ خأر پزریہ تہِ چھ تتھ چھِ یہٕ کتھ نابدنوٚٹ زِ یہٕ دٔری

یۄسف جہانگیر صأب چھُ بلاشک کأشرس ہمکال دورس منز اکھ امتیأزی لب ولہجُک شأعر۔ یہنٛزِ شأعری متعلق ہیکہ بہٕ جے کرشنا مۄرتی سُند یہ دوپ پیش کٔرتھ زِ کتھ گے سویس مےٚ وٕنی، تتھے پأٹھی یتھ پأٹھی مےٚ ونٕز پزٕ ہے تہٕ یہے کتھ چھےٚ سو کتھ یوس تموسارو ےتہٕ تتھے پأٹھی ونی یتھ پأٹھی تمن ونٕز پزٕ ہے، تم سأری یم کتھ وننہ باپتھ ژارنہ آمتی آسی۔ یۄسف جہانگیر چھُ پۄز شأعر تکیازِ سہُ چھُ زأتی زندگی منز تہٕ پننہ شعرکی پأٹھی شۄد، آسنہ رنگی تہٕ تہٕ باسنہ رنگی تہٕ۔ تمس تہٕ تمی سندس شعرس سمکھتھ چھُ مےٚ پرٕتھ ساعتہ پانس سمکھنُک ہیٚو ایحساس گنان، سہُ پان یُس للہِ ہند تہٕ نندرٕشی صأبن عشقہ شعور زُوان چھُ۔

ستیش ومل

۲۵ جنوری ۲۰۲۱ء سری نگر

# پۆت ہرٕ دٕچ وتھِ

کٔشیرِ اوس وننہِ زل دیو آبہٕ کھوڈس منز من رنز ناوأنی تہٕ ٹھور بن پپھکی بسکین درأسی کانہہٕ نتھ راتس ووٹہٕ نندرٕ کران۔ یتھ سرس أندی أندی بالو پوٹ اوس وہراومت تمی اوس نہٕ ونہِ کانہہ تہٕ ناو پرومت۔ کتھٕ، کمی، کیاہ تہٕ کمن حالاتن منز گوآ بک نکاس تہٕ یہٕ پتھر بنیاۓ کن دِنس قابل تتھ چھِ پننی کیہنہٕ اسطوری، لکہٕ تہٕ سائینسی روایژ ڈکھِ، یُس اکھ بیون موضوع چھ۔ مگر پراچین کالہٕ پپٹھ أسی یتھ سرس ''ہیڈ پس ونان''۔ ڈوکن تہٕ کوٹھن ہند وجودٕ پتہٕ کورس ہیند یو ''وستستا'' تہٕ کأشریو ''وٕتھ'' ناو۔

بقولِ سر والٹر لارنس ''ییلہِ یہٕ دٔری یاوٕر ملہِ پپٹھ کٔشیرِ نش جدا چھ سپد ان اتھ چھُ ''کاشر دریا'' ناو پوان تہٕ کشن گنگا ستی میل سپد تھ چھ یہٕ اٗخر ''جہلم'' ناوٕ شہرت لبان۔ اکہٕ لکہ دپہٕ چھ وننہٕ یوان زِ جھیلِ ولر چھ امی دٔری یاوچ موج تہٕ کیہنہٕ چھ ونان نہ سہ نہ أمی دری یاون ہسا چھُ ویر ناگہٕ زاین لۆبمت۔ خاٗر پزریہ تہِ چھ تتھ چھِ یہٕ کتھ نابدنوٹ زِیہٕ دٔری

یاو چھ ازتہِ اسہِ بڑ ونہہ کن یاون ژھٹان ۔ اکھ عام وچھن وول تہِ چھ یہِ کتھ مانان زِ کھنہٕ بل ہیوٚ ریم تہِ پہاڑی کولہِ، ساندرن، بڑنگ، کٹھار، کوکرناگ، اچھ ول، ویرناگ آبکی وسیلہٕ چھِ تم چھِ اکہِ نتہٕ بیہٕ رنگہٕ پوٚتس امی ڈٕری یاوکس شکمس منز شرٕ پتھ قرار لبان۔ کھنہٕ بلہٕ بون تہِ چھِ اتھ دوٚ چھنہٕ کھووٗ رٕ لوکچہِ موکچہِ کولہِ یم تژالہٕ پانپرٕ تہٕ أندی پکی گاموگٹھو منز اتھ سمکھان چھٕ تمن چھ پتہٕ زامتر ناگ، لدر، بڑنگ، واسترون تہٕ باقی کولو پیٹھ آمت آب پانس منز زم کرتھ بڑ ونہہ پکناوان۔ تہٕ وَرمل واتنس تام چھ اتھ دریاے سندھ تہِ شأدی پوٗرٕ یارٕژلاگان۔ دوبارٕ جھیلِ وولر واتنہٕ پتہٕ تہٕ جہلمس ستۍ میٖل گژھنہٕ بڑ ونہہ چھ اتھ پھرو ناوچہِ کولہِ ستۍ مُتی پھوان کرٕنی یہِ کول چھ لولاب پیٹھ باقی کولن ستۍ دوٗر گرتھ دوبہٕ گامہِ اتھ ستۍ رلان۔ یپأرٕ چھ دوٚ چھنہٕ کنی پہاڑی سلسلو پیٹھ وسن وول شنہٕ وونی تہٕ پتہٕ سندھ ڈٕری یاوس ستۍ بأج بٹھ گرتھ اتھ حسنس جادے ہُربر کران۔ کھوورِ پاسہٕ یمن أہم ناگن تہٕ کولن ہنداتھ اتھ شامل حال چھ روزان تمن منز چھ خاص کرتھ کونثر ناگ، أہربل، وشو، رٕنبی آر، رومُش تہِ دودگنگا بیترِ۔ شہرکہِ سینہٕ منز یم کولہٕ اتھ سأراب چھ کران تمن منز چھ سوکھ ناگ، فیروز پورنالہٕ خاص کرتھ قابلِ ذکر۔ غرض سأرسی وادی منز

یوس تہٕ لوٗکٹ بڈکول، ناگ، پوکھراسہٕ ویزٕ چھٕ سو چھٕ اکہٕ نتہٕ بیہٕ رنگہٕ پنن وجود اتھ آیُت تھاوتھ پنن حق زنتہٕ ادا کران۔ یتھ پاٹھی چھُ یہ ڈٔری یاو ہکچہٕ کرتھ بڑٕ ونٹھ کن پنن سفر جاری وسأری تھاوان۔

یہٕ چھس معذرت خواہ، مےٚ اوس درِ دس کتابہٕ پیٹھ تبصرٕ کرُن تہٕ یہٕ لۆگس کٔشیرِ ہنزِ جغرافی پیٹھ تو ہہ درس رٹنہٕ۔ مگر یہٕ سوری کیہنٕہ ونس پتہٕ کنہٕ یُس مدعامےٚ چھُ سُہ چھ تہند ظون یتھ کتھ کُن پھرن زٕ''وۄتھ'' لفظ چھنہٕ محض اکھ ناو، ڈٔری یاو، کنہٕ استھایہٕ ہنز پینڈ، کنہ پڑھ ہنز ڈیڈ بلکہ چھ اکھ استعارٕ سانہٕ اجتمایی شعورک۔ اکھ سُہ مانٹھ یتھ نش سأرے کٔشیر اکھ سپدتھ أکس عظیم تہذیبس کن چھ دوان۔ یہٕ وۄتھ چھِ ضامن اکہٕ حساس تہٕ زندٕ قومچ، یتھ پیٹھ وزِ وزِ آفاقی تہٕ انسأنی ترٛٹو پننہٕ سایہٕ ترٛأو مگر یہٕ اوس وۄتھ ہند سکتھ زِ سو چھٕ از تہٕ لورِ رُس رواں دواں۔ امیک گریزُن ہیوٚک نہٕ أہربلہ کیٚو پانڈوڈُلیوتام تہٕ رکاٗوتھ۔

اتھ پسِ منظرس منٛز ییلہٕ أسی زیرِ نظر کتابہٕ ''وۄتھ پۄت ہردٕچ'' پیٹھ اکھ طایرانہٕ نظر ترٛاوواسہٕ پیٹھ چھِ یہ کتھ عیاں سپدان زِ یہٕ چھُ یمسی تخلیق کارسُند بترٕ زأمی چھُ پتےٚ مین ترٛہن ۳۰ ورین وۄتھ ہندین بسکین درن ہنز سماجی، سیأسی، فکری، روحأنی ترٛ این گراین افکارن ہند چھلنہٕ ووٗنی رڈٕ

وأنتھ پانس منز وپر ومت شرٚ پرومُت تہٕ پتہٕ تتھ یُتھ باگہ بۆ رت اظہار دِتھ ہیوٚ کمت۔ یہٕ چھ جہانگیر صأب یُس تمن تیمبرٕ ٹلن والین موضوعن قلمی أنہٕ ہاوان چھ یمن کُن صاحبِ قلم ہتہِ ہتہٕ پھرِ سونچہٕ بلس زول چھِ دوان، جزباتن ہنز وچشمو منز چھکھ تمن اوٗش پھیرٕ بن لفظن ہند کفنہٕ وۆلمت زِ پرن وول چھ رأ ژہندس انہِ گٹس منز کنی زوٗن شرٚ کان۔ سیأسی توشہٕ وانس چھُ تتھ پأٹھی پرٕدٕ ٹلان زِباسان چھ رشید احمد صدیقی چھ مضامینِ رشیدس نوسرٕ پننٕ کتھ لکھان، تہٕ لولہٕ ناگس کُن ییٚلہِ زون چھِ پھران باسان چھ ماشوق چھ کھیہٕ ناگہ توٚ بر کن نتہِ ترٚ لیش کھالتھ عاشقس بونہِ گوڈس تل پنیو مائزِ اتھو چاوان، سانہِ بے حسی تہٕ مغرب پرستی کُن چھکھ طنز کی تیرٕ گرٲی متی تہٕ أسی چھکھ پنن پۆت کال ژہٕتس پأوتھ ووش ترٚ اونأ وٕ متی۔

یم کتھ یمن بسکین درن ہنزٕ چھےٚ تم یۆ دوے زن ووٚنی بجن بجن لرٕبن ہندٕبن ایر کنڈیشن کمرن منز تہِ لسان بسان چھِ مگر دل چھکھ تمے یمن ہنز أڈرنہ منز سیمائی خصلت ازٕلی، ازلے بخشمٕژ چھِ۔

محترم یوسف جہانگیر صاب چھ پننہِ وأنسہِ ہند پأنژمہِ دہلیک بہار چھاوان تہٕ از چھ پننٕ گوڈنچ کتاب اسہِ بژونہہ کنہِ مولانکونی باپت ترٚاوان۔ یہٕ چھ زندگی ہند کلہُم وقتک پوٚنتہٕ بوگ، یتھ منز منصب دنہٕ چھِ

یوان تہٕ وٲنس چھِ تِمن منصبن ستیٖ انصاف تہٕ کرناوان، تہٕ کیازِ اوٚ تامچہٕ زندگی چھ سُہ تہٕ سوری آسان ہیچھنومت یہٕ تس لحظِ تام بکار لگہِ۔ اتھ منٛز چھ جہانگیر صٲب موغل بادشاہ جہانگیرنی پٲٹھی مکمل تہٕ کامیاب باسان۔

ژےٚ ترٚیشہٕ ہوٚت سبکل سرابہٕ بُزی گوٚوے

دِلا! ژٕ یتھنہٕ خونہٕ سے ووٚن دام دِکھ

کتابہِ منٛز یُس ژوٚر حصہ غزلن پیٹھ مبنی چھ تِمن ہنٛد اسلوب چھ جدید حِسّا گہی کن سون ظوَن پھِر پھِر نوان تہٕ یہٕ اسہِ باور کرناوان زِ یہٕ قلمکار چھنہٕ ہوٚہس گیٚجہٕ کران بلکہ چھ تہِ باوان یہٕ اٲمِ تخلیق کارن وچھمت، کورمت، سوٚرمت یا وبتر مت چھ۔ جزباتن ہنٛز شدت، تخلیقی رنگ آفرینی، تہٕ مشاہدکی ژوکی موٚدری چھ بیوٚن تہٕ ببدون رنگ ژھکڑمتی۔ کتابہ منٛز گژھن کلاسکی شاعری ستیٖ ستیٖ رومانی شاعری ہنٛدی مدماٚتی ژُہہ تہٕ وہِ دوٚ چھنہٕ کھوٚوی گتہٕ گیور کراں نظرِ۔ وقتن دِتی متی تجربات، مشاہدات، تہٕ معاشرتی دادبن چھ جہانگیر صٲب جرح کرتھ پتہٕ اوٚ چھ فنکاری سان لوکچن موکچن سطرن منٛز ترووِمتی۔ لحاظہ پیٚیہ تواریخ دانن ضرور شوٚدتوٲریخ لکھنہ باپت شہر پیٹھ اوٚنیور کھسُن۔

دنیا چھ اَنہٕ خانہٕ تہٕ اختاب ژھٹاں نوٗر

یتھ تاپہٕ کژایہ منٛز تہٕ یہٕ کشمیر سیاہ رات

از تہِ ژھٹ صبحاۓ ہرین باکھ ہش
پرأنی پأٹھی گۆش دِتُم ٹۆلم تہٕ دراس

وٕتھ پۆت ہردٕچ ناوچہٕ یتھ کتابہِ منز چھ پرن وألس ترقی پسندی تہٕ جدیدیت دوشونی تحریکاتن ہنزٕ بن محرکاتن ہند امتزاج نظر گژھان، ترکرِ ہنزٕ بن یمن دۆن پوترٕ بن منز یوٚ دوے زن جدید حِس آگاہی ہند پوتُر بوٗنی پہن لمان چھُ مگر أکس فنکارانہ قألبس منز۔ روایتن ہنز پاسدأری ستۍ ستۍ چھ جہانگیر نوٕ بن موضوعاتن تہٕ مضمونن پننہ شأعری ہندی انگ بناوان۔ یتھ کتھ منز چھنہ کانہہ شک زِ یوسف جہانگیر پرن پرن چھُ اسہِ لأزماً شکسپیر، کیٹس، ملٹن، خلیل جبران، میرؔ، غالبؔ، سعدی، شرازی، راہیؔ، کأملؔ، فراقؔ، شفیع شوق تہٕ انگریزی ادب نظرن تل تھاوُن۔ تہِ کیاز یمو چھ یمن دٔریاون ہند آب چیومُت تہٕ ورتاوس تہٕ اوٚنمت۔

مند چھان چھنہٕ افتاب تہِ کیہنہٕ
اتھ وٕلی تو اخبارے کانہہ

سونتہٕ شرانبن شِشُر شِلس پھوٚرمت
داغ ہرٕدُک پلاں گولابس منز

''وبتھ پۆت ہردٕچ'' یمہ کتابہ ہندگوڈنیک حصہ چھ نظمن ہند۔ نظمن بسمہ اللہ ہس منز جاے دنی چھ باوان زِ یہ صنف گرٕژھ تخلیقارس وأنجہ نکھ آٮ۪سنۍ۔ یتھ حصس منز چھ عیاں زِ تخلیق کارن چھ یتھ بأگس باگہ بۆرت وقت دیتمت۔ بقولِ صفدر میر ؎

پھر کوئی آرہا ہے دِل کے قریب
داغ تازہ کھُلا ہے دِل کے قریب

کُس ادبی اصطلاح چھنہ یتھ حصس منز ورتاونہِ آمت۔ شاعرن تہٕ بڈٕن شاعرن منز باگ یوٚس دوٚس ہأیل چھ آسان سو چھےٚ آسان یمنی اصطلاحن ہنز۔ عام شاعرتہِ چھ پننہ نِس کلامس منز یمن کام ہٮ۪وان، استعمال کران مگر مأنۍ تو ڈٕسلہ ہٕندۍ شوولہٕ رۆس، سُہ چھنہٕ یمن نۆ معنی ہٮ۪کان دِتھ، سُہ چھُنہ ہٮ۪کان متروک لفظن موجود لفظٕ راشس ستۍ واٹھ دِتھ تہٕ نۆ معنوی امکانن ہندۍ دفتر کھولتھ۔۔ سانہ زبأنۍ یم وٚس زکاتہ رُس ہمشہ لأ گتھ أسی متۍ چھِ تمن منز چھ عام لفظن برابر، تلمیع، استعارٕ، تشبیہ، تمثیل تہٕ باقی اصطلاح مگر وقتکۍ ورتاون چھ یمن سُہ رند دیتمت زِ مشکلنے چھ پرن وألس گمان سپداں زِ یمو منز چھ کانہہ ادبی اصطلاح اوسمت۔ یم استعارٕ چھ باسن عام لفظ یمن نہ معنوی جھٕژ چھے۔ مگر ہنا سرتھ چھ یہ بے صبری تہٕ بانبرِ ہندٕ تُل

کٹرٕ وبگٕلن ہوٚان تہٕ حقیقت چھِ ہیٚو رکھسان دوٕ زبلہ ہندی پاٹھی۔ بقول پرٛوفیسر شفیع شوق ؔ

''پزر چھ یہِ زِ شاعری آسِ تن یا ناول، تصویر آسِ تن یا موسقی، اگر کھٕسی پایہ آسہِ اتھ پیٚیہ ضرور ویٚزھنے ہنز ضرورت۔ یوس تخلیق پانے سوری کیہنہ باوان آسہ، یا یتھ متعلق نہٕ کہنٕ وٕنن پیٚیہٕ سو آسہِ ضرورٕ ٕسی پایہٕ''

شوق صأبنس یتھ دٕلیس چھُ جہانگیرن تعویز کوٚ رمت۔ پٕنن فن مولناونہٕ باپت چھن تم سأری وسیلہ کامہ لأگمتی یم أکس عامیانہ فن پارس خاصل خاص چھ بناوان۔ سُہ ول چھ تخلیق کارس بدس۔ توے چھا اکثر شعرتہٕ بند پھرٕ پھرِ پرٕنچ ہانکل تڑاوان۔ شرٕبن ہنز چھےٚ اکھ کھیل یتھ منز اکھ شکل ،تصویر مختلف ٹکرن منز بأگرتھ چھےٚ آسان، شرٕبن چھِ تم ٹکرٕ مثالے لنس أچھ وٕٹھ رلأوتھ صحیح شکل ترتیب پوان دِنی یہٕ چھ سبٹھاہ مغزمأری ہنز کام مگر اکھ حل چھُس۔ باس چھ لگان زِ زنتہ چھ یوسف جہانگیرس یہٕ کھیل نظرن تل آسمژ تہٕ پٕنن نظمن باپت چھن یہٕ ایڈیا أمی گیمہ نش نیومُت۔ پرن وألس تہِ چھ مصرٕ بہ مصر جورتھ اکھ معنوی یُکت قایم پوان کرُن یوٚ تام نہ تہِ گرٕ ھ کھرُس چھس پانس کُھر یوان۔

باسان چھُ یوسف جہانگیر چھ نظمہ ہندی راتچ قالب تہٕ ربتہٕ

پھڈراوان، خوشک لفظ، پھُہر اصطلاح، اوٹ پٹانگ خیال تہٕ ژھو کھ لگی متیٚ موضوع چھ پرن وألس ورُق پھرنس پٔتھ زنتہ مجبور کران۔ مگر أکس سنجید قأریس چھ پے زِ ایلس ان وانڈر لینڈس (Alice in wounderland) منٛز ییلہ سونچ اکہِ معمولی خرگوش گو پھ منٛز اندژاے۔ پتہٕ کم کم طلسمات، رنگ تہٕ روپ وُچھی تمی۔ دلن مون سی نہ پتہٕ تتہِ پۆت پھیرتھ یُن۔ یہ دۆپ چھ پۆت ہرِ دِچ وبتھ منٛز شأمل نظمن پٔتھ سپہٕ بہان۔

وُچھی تو نظم سریہٕ تہٕ شرٛانہ ہندیہٕ بند

شرانٕن ہندو أناک حملہ پتہ

ییٚلہ سرین زٕژ کانن ہند بوچھاڈ کرتھ

گٹہ گاش کس مأدانِ جنگس منٛز

پننہ کامیأبی ہند جنڈٕ لہرو و

رنگہٕ ہارنجہ ترٛ وواسن کھنگالہ

سأری دأ دی تہٕ دَگ مشرتھ

کۆڈ زندگی ہندی پأزن پکھن واش

جہانگیر صأب یمن کینٛژن نظمن کتابہ منٛز جاے چھ دِوان تمن منٛز چھِ سفر،

پڑھ، رۄح تہٕ راز، زٕرری پن، شہٕ تنگل، نیاے، شیشہٕ کھنڈ، گٹہ زۄل، زُتنی زلر، گربد پانژ الکی، ژش، زبو ژھوپہٕ ہنز، مےٚ چھکھ نہٕ مُش مٔژ، مۄل گلہٕ ہی مولہٕ تل، زال تہٕ زاگ بیترٕ شأمل۔ یمن سارنی نظمن منز یُس وَل ہتھ کرِ چھ أکس قأریس ترٛ اوان سُہ چھ زبأنی ہندورتاو، الفاظن ہندو وستادانہٕ تہٕ برمحل استعمال تہٕ کل نظمہِ ہُند تاثرُیس اسمأنی، پأتألی اسہِ سأر کرنأوی کرنأوی ہتہٕ ہتہِ پھرِ بلی چُکی چھُ کرناوان۔ مثالے

أرتس برٛتس بازارس منز
ژھوٹہٕ ڈیرس پیٹھ
گژبد پانژ الکی پرَ زن تولاں
شاپھ چھ دیتمت شہٕ لد شُنہس
شانٛشل واون

پوٚتس چھس بہٕ بلا مغالتہٕ یہٕ کتھ ونان زِ واریاہ کأنی میلہِ پرن والین اکھ فکر انگیز، نوینہٕ طرز بیانچ تہٕ بالغ کتاب پرنہٕ تہٕ ہیچھنہٕ باپتھ۔

چھِ کوس وحشت أمس یمی کوٚر نہٕ آلو
بہٕ چھُس حأراں چھُ کوٚتاہ تاب راتس

لون امتیاز
اسسٹنٹ پروفیسر جی ڈی سی اننت ناگ



گٹن لا علمہٕ چھِن نورُک سحر چھُم
لقب اُمی مگر علمُک شہر چھُم

ٹُلاں ژوٕ پردہ چھُم پرٕتھ سجدہ شوقس
گناں یوتاہ یواں تیوتاہ نیَر چھُم

مدینُک شاہٕ مرن تامت منوّر
کرس قوربان تتھی لو ہوّت سحر چھُم

مَژر چھُم شوق وٕنگلاواں أچھن مژ
سبز گنبد یواں یامتھ نظر چھُم

یتھے چھا گُل پھولاں سبٕکلِس سکوٕنکی
مے جانانس یہ نالانس بجر چھُم

مدینکی روز و شب لکھ تم نصیبس
مے باقی زندگی کاژہہ دوٕہہ اگر چھُم





وُچھن اگر چھے زِنور کیاہ گوٚ و بہ چشمہٕ دل کر نظر مدینس
چھِ گُلۍ گنڈتھ گتھ کران قُدسی دوہس تہٕ شام و سحر مدینس

بغور عظمت ژٕ وُچھ مدینچ عرش تہ پڑاراں مدینہٕ وأ لس
فلک تہ عالم ، ملک تہٕ آدم نماں جھکأوتھ چھِ سَر مدینس

غولام وٕتھکۍ بنتھ شہنشاہ ینامہٕ ہیتھ از مدینہ نیراں
صفن اندر بادشاہ زمانکۍ غولام بنٕ بنٕ اندر مدینس

ڈُوس وتن لڑھ ، نکھس ٹلتھ کھور ، طواف کرہس درٕ دپرٕی پرٕی
بہٕ جان وندہس ، فدا کرس دل مےٚ گارِہم دَے اگر مدینس

خیال کوتاہ چھُ پُر مسرّت تہٕ میوٚ ٹھ کوتاہ سفر مدینک
وُجارِ تامتھ چھِ خوبصورت تہٕ مأری منڈی بام و در مدینس

نمازٕ پرٕی پرٕی چھُ آشہٕ زأہد یمن گُلن ہند بہ باغِ رضواں
تمے حسین گُل تہ فرشِ مخمل ژوپور وِہرتھ پتھر مدینس





آبہٕ ونہے غم پریشانٕی مےٚ کاسُم
مگر پتہٕ زندگی کتہِ روٗز باقی

مےٚ ہرگاہ گونہنے لا کوٚر مکمّل
موٗلچ شرمندگی کتہِ روٗز باقی



# سفر

گٹلی شبن ہندس بے سو کھ
کرٕ لی تخنس رندنی ؕکرٕ مو ہر کھئنڈ ژھاراں
خبر کرٕ کرنہٕ پھرٕ گنز رِم:

سوالن ہند سزا پرٕ ووُم
سزا کیاہ! دپھ
کوٗرم ارپن پٔژن آسُن
جوابن ہنز وہٕ ھے وو تلاونچ اکھ ئرٕ؛

گرتھ اہراہ ژھائل نارٕ بزٕی آبس اندر
تمہ کوچہٕ منزی آہلی دوارن ہندی
ترتھ پرٕ اوم مشق سونہری
زِرندٕ ونی ؕکرٕ تمس کانہہ موہرٕ کھنڈ
چھنہٕ تا ابد حاجتھ؛

جوانی ہندی ژوداہ گونگل

ٲرم سحرأ وی بنجرس منٛز
تہٕ داہ کلہٕ وول رٔھسی راکھ ٲری تھے
گاشہٕ ژانگٔین ہند فصل لوٗنم ؛

خوٗشی ترٛاوتھ خوشی ژھاراں
تہٕ وبترٛاوِتھ دوٗکھن ہنز دگ
لیٖکھم باہ ماسی باہ اشٹس اندر ژوٚ مرِتھ
تہٕ گبونووم شپٹن ہاٗرن قلم ہرسوٗ ؛

کزلی مشقن ہند یوسوداگرو یوٚ دوے
ارضی اسباب سأری موہر کھنجن ہندی
ٲرتھ نابود زونکھ گوسیاہ راجت سداقٲیم
کھستھ اسمان وأجم موہرِ کھنڈاکھ زؤن ٹکرأوِتھ
زِشرق وتا غرب سأری کزلی انہاردٔ برأوِم
لیوکھم سونہری صحیفن ہند سبز قونون سحراون
مگر سبکلس اندر سگہٕ وانہٕ رٔوس سبزار
ناممکن!

# پڑھ

بے پڑھ پڑھِ ینہ راوی پڑھ

قرنن ہندی او حال چھِ اچھرن پشرٲ وِتھ
رٲوی پرکھاوُن گو جان۔۔۔۔
وونی گوو چھنس اُچھ گرٕ ھ آسنی بینادار
اقصیٰ ہیوٚر چھنہٕ عاج ہیر!
ہانکل گورِتہٕ ہوٚ ندرِنہٕ ووتھرُن
تصدیقس چھنہٕ گوہن ہندڈٕکھی پوچھر ڈٗکھ
علم الیقینکی لعل چھِ وو پداں سدرٕ ژِکس تل

بے پڑھ پڑھِ ینہٕ راوی پڑھ
وچھنس وٲجب ڈُپاسل وجود
نتہٕ ترٗ و پاسل۔۔۔کنہ بسیار۔۔

أچھ پشرأومژسمین دورتہٕ خوردبین

'زۄن چھِ سائلم!

چھنہٕ اسمانی!ؤتھۍ کتھۍ بَر!

البتہٕ شنیاہ سیاہ گدٕبن ہندبوٚ ڈصحراو!'

گاش اچھن چھُنہ ئلۍ چھُے بڑیم

ٹارٕبن ترٚوٚپ دتھ میلی پے

وۄنۍ گووچھنس أچھ گرٕژھ آٔسنۍ بینادار

عین الیقینچہٕ پڑٕ وِطورس منز دفنأوِتھ

بے پڑھ پڑھِینہٕ راوی پڑھ

تحقیقن دِژ سوٚنچس کھٕہرن

گردش ووہ پداواں دوہ رات

وبکسپنس کیٚت آدم ژھاراں آدٕمی رتھ

عقلہ چھُ نوٚرس نارس کوٚرمت ئلۍ یکساں

حق الیقینٕکۍ گُل پھوٚلراوں نارس پوش



# بنامِ تخلیق کار

دامنہٕ ٹکھ دِس، رادس چاک
اِدکرٕ ناوُن ظوٗنہٕ الہامی
خوٗچ گرٕ پشراوُن سمیس
موٗچھہٕ ہنزٕ رکھہِ دِس ڈکھہِ تقدیر
ژھوٗ پہٕ ہندٕ آلوا چھرن شیرتھ
رنز ناوُن سِر ساۓوِ شعور
تحت الشعورُک پستکی خانہٕ کرُن آباد

کُنہِ وزِ کانژھ الژھ ھ ڈٕ نہِ طاقس
نیرا چھرٕ اِدِ ژھارِ صدا
گنبزی آلولو تہِ لوٗتہِ لوٗساں شرٕ پہٕ صحراوس
واتہِ زمانا ببرن برادی زمزمی جوش
لیکھہِ صحراوس چانہِ گمانٕچ پرٕ ژھ شہجار



# تذبذُب

تلاوت

صحیفۂ زندگی ہنزراتھ دوہہ کری کری

اچھر گرٕ ھتاں اب ج دالکی ہیٚوی

رٕٹتھ آ کار گیہٕ بےأنتھ سدرس سونچہ کس اندر

اچھر! یتھ منٛز چھِ تخلیقچ صداے کُن ؛

اچھر ! یمٕ زبوکتھن آلوتہٕ ہٕ بوزُن ؛

اچھر ! یمٕ پھہہ وجودس دیٚت

تہٕ وو تلاوِن سیاہ سونہری خیالن ہندی

مجسم ٹھیکہٕ رأ وِتھ واوِ گراین پٹھ

صحفیہ روزاں تہٕ چھا سلامت۔۔۔

دبلن تہٕ دالن چھِ وأنس کأژاہ!

مےٚ یم ورق لٔبی

خبر تمے چھا ازٕ لی اچھر ہتھ!

# گاش

مے اوسم گاش تھۆ کمت گاش ژھاراں
مے اوسم ہورمُت پرٕبتھ شایہ ژھاۓتھ
تہٕ پےٚ بوزُم فقیرن جولنس بۆر

فقیرس ماچھُ پے، اپڈرس تہٕ آدھار
فقرس ماچھُ بُتھ پرٕ زنتھ تہٕ پہچان
فقیرس ماچھ تجدیدے وجودس
فقیرس ماچھُ ٹیۆک یاداغ سجدُک
فقیرس ماچھُ شَملس واو گوٗراں
فقیرس زاگ ہیٚز گوپان گاٗلن
چھُ دیٚشن آبس اندروۆن آبہٕ قطرس

مے اوسم گاش ژھارُن چارِ اوسا
پتُن آسُن گرِتھ قوربان دژ اوُس
تہٕ وۄنتس، کۄت؟ خبر کۄت!
نہ بے، نۓ کانہہ مکاں، نۓ لامکانے
نہ ژیُہہ نۓ ساتھ نۓ بلکل زمانے
نہ گاشی، گٹہٕ زۄ لے، نۓ کانہہ تلاشے
نہ چھُس ژھاراں فقیرے نۓ وۄں گاشی!

وۄں گویٔژ کاٚلی ژھورُس بے فقیرن
روٗشُن افتاب چیرتھ دوٗن موچھن منز
تہٕ چھڑ دِتھ وارِ کڈٔنس قطرِ گاشکۍ
تہٕ سورے گاش پیٚو میانٮ۪ن پدین تل



# شُہ تنبگل

اُف! یہ ظائلم وئدِ کا لُک دوہہ کڈر
وأناکھ ژٕتھر چہِ لیفہِ تل بترأژ دَم
گُلی کٹبن زن شاپھ دِتھ دیوِ سفید
کولہٕ رادن وَٹھ گۆمُت شیشلِ شلس
وتہٕ پدبن ؤہرأے کمی تاں شُہ تنبگل
تۆملہٕ چرٕ ونگ ہبتھ أس ہٕشرتھ والہٕ واش
جنٛدٕ مۆت ہیو جانہٕ وارن زاگ ہبتھ
دارِ لیہٕ کنی تیر لایاں شینہٕ ژھٹھ
پشہٕ درس موچھ منز شِشر گاٹکی خنجر
کانپہٕ نیامتی شُرِ پکھن تل موج ہبتھ

زٕژٕ موٹھ اکھ پھوچہٕ تل تاپس گنٛداں
ناد لایاں ہکچہٕ کستورن ژوپأری

کوٚت سنا گے یار ژھسپہٕ ژھاٲرس گنڈو
پۄتی جورا خنڈٕ لب ہیتھ درایہِ نٕٹ
آے چھکھ شاید کھسن ہومہِ اوبرٕ تھوٚد
'حدِ نظرس تام آسکھ گردِ راہ'
تارٕکو ہیوٚر آسہِ پرواژُک مقام
شینہ ششرچہٕ بستہِ منز نیرن نبر
تاپھ بس تاپھے وُچھن پزاوُن تھزر

زِپر شُشرس دِژ یہ کمی تاں دنڈ ٹکِن
کوٚلٕش ژھاراں کمی سنا مُژرایہ اٚچھی
واوٕ ژھٹہِ وزناو رٲسے ژھے پشس
یک بیک ساری خنجر وٲتھی موت ہیتھ
تاپہ ژکلس خونہٕ شیرکھ مأنزِ نَم
اوٚبرٕ دیون ژوپ بیہ سِریٚک سدٕر
اُف! یہ ظالم وندٕ کالُک دوٚہہ کڈُر



# نیاے

رأژ ہندس یتھ گٹہٕ ژٕلِس منز
کوستام باکھ چھ جگرس کٔرراں
منٛد چھتھ زٔنہٕ اؤبُر وؤل رولیس
زنتہ چھِ گوڈنچہ رأژ ہنٛز مہرینٛز
بارودیٖ تن واو ونس منز
فکرِ تربس کس؟
گٹہٕ زؤل دِیی تن چاک تہِ جامن
بوزِ تمس کُس ؟

جاناوارو زہو بدٕلأوکھ
کُس ہیہٕ بارِ طوالت عدلچ
کأتیاہ نیاے چھ سرٛلیس أنٛز رٕنی!

پننہٕ ؤتھرُک شبنم رٕتھ دوٚد

منز عریاں گوسوأنی سنز دونہِ

نتۂ ما پھۆٹ

خُتم گرٛاکن ہنٛد سے ٹۆرس

کِنہٕ کھۆت اسماں

عیسیٰؑ سنٛدس تابوٗتس منز

کأتیاہ نیاے چھ سرٛیس أنزرٕنی

میم صأبہ کمہِ ستی شہلاٗ ونار

امارن ہُنٛد

أخرہأنزس پلہِ کیٛاہ پیٛو ؟

پانٛژألی کاوِ کتھۂ ؤتھی بازر ؟

جنگل کھۆت مُت کیٛا زِمنوش ؟

کأتیاہ نیاے چھِ سرٛیس أنزرٕنی

نہ گواہ !

نہ شبوت !



# شیشہٕ کھٔنڈ

وۄشلیومت چھکھ

وۄلہٕ بہہ پٔہرا بونہ شہجارس

بٕہ تہِ چھُس تھۄکمت

سوریومُت چھُس ہردچ وِتھ ہیٚو

نتہٕ کتہٕ فرصت

ژیٚتہِ چھے پھُکہ ژٕ بتھُس پیٹھ زوتان

ہٹھ رِسہٕ وُنی چھی سفرٕکی نظرن

کنہِ کھنبر بن ہندی ژٔدی چھی پادن

شاید جنگلی پٔدی چھُکھ آمُت

وتھ مارأوے ہوتھ موڈس پیٹھ

آ۔۔آ۔۔ تٔنژنے

یتہِ نس برٚ مجہ دو پھا اکھ دۆ دمُت

ژنہِ مونگرا ہیو

ہے ہے ۔۔۔ ہے ہے

سُے چھے شاۓ پٹھ
کم کم ولہِ ویر لاۓ رِگن شاٹھس
ہوتھ جنگلس منز
وونی چھُنہٕ نیب نشانے باقی
کاوتہٕ گرٛ بد گتہٕ گیوٚرکراں بس

پنہٕ نے ہم سفرا میٚتہٕ زاۓ نتھ
ژٕ تہ ون کینژھا
آگُر کتہٕ چھے
کۆت پیٹھ درامُت
حالا سفرُک
وتہِ ہنٛد کرٛ چھر، منٛز لُک میٛچھر
ژٕ تہِ ون کینژھا
کیاہ چھُکھ ہاواں؟
شیشہٕ کھنڈا اکھ!



# گٹہٕ زۆل

گا شہٕ زِژا اکھزایہٕ تہٕ پھٹ
گٹہٕ زٕلی گٹہٕ کارس
اِدلۆگ ژھا نڈو
شُنیس چھانٕی تہٕ کُھر پاتالس
طۆرس ہانگ تہٕ سۆرس زول
پرنہِ کڈِ بکھ مغزن ہنٕزرایہِ تہٕ
ژھاین تامت لۆگ پُرسان
اتھ ووسہ دروسہ منٕز اُتھی لگی واراہ
سونہٕ پُھٹ
روپہٕ تِکہٕ
سرٕتلی ہشنا

ترٛ اچ تلہِ ما

پیوٚنت پۆلادُک

اِ کھوٚت بوش تہٕ دہُت دستار

قد گوز یٹھان

مزہ گو میٹھان

زٕ ژ گے مُشتھے

سٔد رٕ ژٕ کس تلِ وقتا سوٗرتھ

چکھ دِ ژ ڈنب لگی ہاٗ نگنہِ

تھنہٕ پیٚہِ زٕ ژ تہٕ چھِ تُٔ فالحال

گٹہٕ زوٗل ژاپاں وُ نہ تہِ چُھ گاش



# آش

بوز کھنا ازمیائی کتھا اکھ
ژ کھ دِکھ یندرس
اتھ توٗنی پھوترِ تہِ پھر ہکھ کانگر
پینز تہٕ ووٗنن ژھنہٕ ہکھ دانس
تِلہٕ رُس تارُک ژونگ تہِ ژھیو ہے

دورِ کُٹھس منز بہہٕ موراتھا
خابن ووٗ نو آش



# زوٗتنٕ زلُر (موبایل)

سریہٕ تہٕ پھیرِ نہٕ واپس
گوسہُ زمانا !
(ییٚلہِ پتھ کھورِ دگرآو پھیرتھ)
ویوٚ داۄس وقتس ہرکانٛہہ ژُیہہ
تَس تہٕ موچھن منٛز سکھ اٗس رِسہٕ وٕنی
پوٚز !
دانس دانس اۄسُس پرسان
زال لگن اتھ زوتنٕ زلرِس
زال چھُ ترٛ اوان

پوسٹ أنٛدرے پوسٹ نیران
شیر، لایک، کومینٹ

## کومینٹس کومینٹ

پتہٕ بیہِ کومینٹ
موکلن پائے نہٕ
أنزرنہٕ آئے نہٕ
موچھِ ہنٛد پے چھنہٕ
سکھِ دانن ہنٛز گرہند کتہِ

سریہِ تہٕ پھیرِ نہٕ واپس
گوسہٕ زمانا !
پھیرِ تہِ کتھ کیُت
کائنسہ نہٕ خبرے
چھا کنہٕ لۄس!



# گرٚبۍ پانژاءلکی

أرِتس بٕرتس بازارس منٛز

ژھوٹہٕ ڈیرس پیٹھ

گرٚبۍ پانژاءلکی پَرزن تولاں

شاپھ چھ دیٖتمُت شُہولد شُنہس

شاۂنشل واون

دو کھٕ لد دوہ صبحے بُتھ ژٕ کرِتھ

باوِراۆ برس باکھوُٹھن پیٹھ

ڈۆنٹھ أچھن منٛز

بادمٹۆ ربن نٹھ باراںچ

لُتہٕ مانٛبن لڑ ھِ موٚ ٹھ للناواں
کڑ یڈٕ دو پھس تل قائتل زاگاں

گڑ بدٕ پاٹژاالکی ہر سوٗ رقصاں
بے سوکھ بے بس بازارس منٛز
شُہ لد شُنٛہس سۆ راپھوٚ لمت
رتہٕ رأ ٹھن ہنٛز رٕ کھٕ اسمانس
روٕ تل لیکھاں
رقص کڑاں رتہٕ سٔری رأ ژن منٛز
گر بدٕ پاٹژاالکی



# رُوح تہٕ راز

اتھ کھوکھرس نرکائنس منٛز کیاہ
گُپتھ خبر چھا ؟
پھو کہٕ دیہ بارو
ہنگہٕ منگہٕ ترٛاوی باکھ تہٕ دیاوی جامن چاک

دۆ رِونس منٛز تھپھ ترٛاوی زن مقناطیس
وُہ پٔنژہ ہیو پہٕلی کوٚٹا کھ تیتائلس پٹھ
کرٕ ہن کنمن ہند وتھرِ نی پلوا
لۆ راشا ندس

مس نپلس شُنیاہ سٔدرس منز

روتلہِ راجہٕ رٕہتھ گومُت زن
مخملی محلس منز
یارِ گُلشن منز واوُک ونہٕ وُن
ہلچہِ گنڈاں ہوٚس منز کلہٕ ویوٗڑھی پوش تہٕ پوٚنپُر
نیہِ منز نیہِ ہنزِ لیہِ ہنٛد جادُو

اتھ کھوکھرِس نرکٲنس منز کیاہ
گُپتھ خبر چھا ؟

لِلِ ہنٛد مژرُک تاوچھُیا ویوٚد
نٔٹ وارِ بومنز سرَ زیوٗراواں
کرِ ناڈلہٕ بُزی گُتی گُتی آچھر
پان ؤلتھ پنُن وُنتہِ چھُ پانس
پمپوشس تاں دیاواں چاک
تہٕ ملرس باواں واکھ

اتھ کھو کھرس نرکائنس منز کیاہ

گُپتھ خبر چھا ؟

روٗ ملکہ راجن رتھ ووٚند رازس

فاش کوٚ رُن دپھ

راز درن کیوتھ

'کہ از نیستاں تا مرا ببریدہ اند'

مےٚ تہٕ ژٹ مَس زہو ہیوٚ تمس تژ اش

ملہِ کنہِ دیُت مس جگرُک خون

زوٗنُم شاید ونہِ ماراز !

اتھ کھو کھرِس نرکائنس منز کیاہ

گُپتھ خبر چھا ؟



# دٕش

ژٕ گرٕژھِہم وارٕ وتہِ روزُن
ژےٚ گوٚ برامیون زُولگی نے
ژےٚ دی نےَ آے رُمہ ربٔشن
پھوٗلُن گوٚ ژھہم، نوٗن گوٚ ژھہم
توے استانہٕ گوٚ نڈمُت چھم
مےٚ پنہٕ نوٗے وأنکہٕ پنٕ مٕژرتھ
مےٚ چھم آغس منت منٛجٕمٕژ
سہٕ یوٚ دوے یژھ تہٕ پژھرٕ ژھربم
ژٕ ٹتھ تَس ماجہٕ ہنٛزِ ببہِ تل
سہٕ چھِر مارن



# بانگ

تمہِ رأ ژہندِس پۆت پہٲرس منٛز
پکھن تل گاش ہتھ ماہتاب شۆنگ زَن
بُتھس زلفِ سیاہ بتراٗ ژ وٲہرِتھ
برس مُد یا گنڈتھ سرِیس چھ پژ اراں
کر بس کرموہر درشُن زلف شیرِتھ
پژ ہزلوُن موکھ چھلبس زژ وانہِ لۆت لۆت
تہٕ پاٗراوبس ڈیکس ٹیۆک آختا ٹُک

سیاہ شہمار سمیکہِ سٔدرٕ رووتلیو
زنگن زۆ لانہٕ تراٗ وِن زن براقس
زمانک تیز رَو گوتھامہِ ہیۆ وزن
تہ ہجرٕ چ رات ہش زتٕھیو وگٹہٕ پچھ

دواں پارے چھِ یۆ دوے بأنگی ہرسُو
نہٕ پھۆل سحرے نہ ماہتابے چھُ باقی
فقط گٹہٕ زۆل، بپا گوزنتہٕ محشر
نہٕ وتہٕ پۆ دنے چھِ پَدی آ کھے یواں ویدی

سہٕ پُز ارُن ماجہ ہُنٛد پیٹھ بڑاندٕ پأوِس
أچھن دون دار خونچ با کھ دم پھٹٕ
سہٕ اوٗس واپس ینگ دِتھ وعدہ دزٕ امُت
خبر کتھ شایہ وتھ رأوِس گٹن منٛز
خبر پز اران ماگاشس سہٕ آسہِ
خبر نتہٕ نال ماوٗلنس بےبۄ جن
پرٕونا بانگ پھولہِ ہے گاش نیۆک نیۆک
سہٕ وتھ لبہِ ہے تہٕ ییہِ ہے ماجہٕ کو چھِ منٛز '



# زیوٗژھوپہِ ہٕنز

یارٕ بلہٕ کہ کنہِ پلہٕ تل دڑ ایہِ
کلہٕ کھوپر
زنہِ ہنٛز شاید
نہ۔۔نہ۔۔مرٕدسٕنز
خبر کٔمی سٕنز !

أکی دۆپ واکھ چھ گوٚاں تہٕ
بھگوانس چھ رٔنز ناوان
أکی دۆپ شُرٛکی چھ ونان
کأشُر قوٗ ران
ہوٚ می دۆپ أچھی چھس زوتان

یمہٕ دۄپ ژھوپہٕ چھ بوزان

نارٕ بزی کرہون۔۔شاپٹھ ما آسہ

دفن کرہون۔۔مغفوٗر ما آسہ

موٗل گرتھ کنہٕ ہون۔۔رتھِ کھسہ

میوزٕچ گاڑی تہٕ آیہِ تہٕ

لبارٹری ہنٛز وہین تہِ

مےٚ تہِ بوٗزکن دتھ۔۔فقط

ژھوپہٕ ہُنٛد ناد !



# گٹہِ تہِ گاش

نصف راتھ اہش آسہِ ہے
ہےُ ٹُل جاناوارو
پے چھاۂ خرگوٚ وکیاہ؟

بڑ ورآسکھ وچھمُت شاید
نتہِ مانال وۆلنکھ ناگہِ کھستھ سرپھن
کنہِ بس ژھاے گیکھ ہنگہِ منگہِ
ہےُ ٹُل جاناوارو
پے چھاۂ خرگوکیاہ ؟

مس اٚسی نبتھ ٹٔی نوزاٚید

بےشۆنکی شۆنگتھ آلبن اندر
مۆ درہن خابن شیر چھوان
شاید آسکھ موہرِ تیر پیاءمژ
قند ملوتھ تۆ ملس اندر
وۆلسنس آسہِ ہن آءمتۍ
تو ےتہٕ أسی مس نٔند رِوُٹھ کُمہٕ لاوان

مس نٔند رِ گوس بیدار
تھچھ زن وأنجہِ لُجم
باسیوم نار لۆگ شاید
نتہٕ مابُنہٕل چھُ بُترأ ژ گۆ ران
آشنہِ دژم کھونہ وٹہٕ کھونٹ
"ہے۔ ہے۔ کیاہ گوم" تھۆ دگےٕ تھتھ
"دم کر" تھچھ دِتھ وۆنمس
ہےٚ تُل جاناوارو
پےٚ چھأ خرگو کیٛاہ؟

نچ اُس خابن گنڈان
سزٕلۆنگ آسہِ ہن گۆرمت
ووٹہ آسہِ ہے ٹُلان شاید
نتہٕ ماخانہٕ اوُسن زیونمُت
وولہٕ سنس آسہِ ہے آمژ
توے تہٕ اُس مس نئد رِوُٹھ کُملاوان

دۆپُم سام ہمہٕ نیٖرتھ
آش ما آسکھ ہمسایے نیٖرن
دلاسہٕ دمہٕ ہکھ، ہمت گنڈٕ ہکھ
"ہے۔ ہے۔ کۆت دژاکھ"
تھپھ دتھ پژ وژھنم
"زُوچھُیہِ کھُری وُن
مےٚ کس تژ اوکھ
مالنٕ کرٚ اُنس لتھ دتھ دژ ایس
کُس چھم توٚہہِ پتہٕ

بَر مَہ مُژ رواُبِل ما آسہِ
ہےُ تُل جاناوارو
پے چھاٗ خر گو کیاہ؟''

نچہِ ڈیٖت لرِ پھیرُ
لٹھ دِتھ لیف ہور گُن لاٗینز
گۓنہ گۓنہ گٲری گٲری زنگہٕ اُس وایاں
ونہٕ واں آسہِ ہے پیٹھ مارانس
نتہٕ ہلچہِ گنڈاں بادام وارِ
رؤف اُس کراں وبہٕ ہتھ شاید
ڈلہٕ بٹھِ حضرت بلہٕ کہِ آنگن
کنہٕ شنکراچارِ لیلا اُس گوٚان
ووسنس آسہِ ہے آہژ
توٚے تہِ اُس مس نندرُوٚٹھ کملاوان

وأنج پھٹم دم پھٹی ما گژھہٕ

دارِ وٚ ب ٕمژ رتھ توتہٕ ہمہٕ زاگ

دورِے کرٕ ہکھ آلو

''أسی چھ وٗنہِ زندے

توہہِ چھاخأرے

کوس بلاے گیو گنڈِہِ منز غأ لب''

'کیاہ چھُکھ کراں۔ دأ رمہٕ مژ ر

ئلِ گرِ ژھِٹھس

ہہنہ مایمو پرہأنژِ

نچہِ ہنز دٕ رے چھے۔ کتھ مہٕ کر''

ہےُ ٹُل جاناوارو پے چھاٗ خرگو کیاہ ؟

ژھرٹہٕ ژھرٹھ کرراٗتی رالتس

بیہِ کیاہ کرٕ ہو، چارے کیاہ اوس

مال پھوٚ ج تہٕ أسی آے نیٖرتھ

دم پھٔٹ أس سأرے بستی

ہوٗنی أسی تھکتھ شوٚنگمِتی

زوول دیت کوچن ہیرِ بون

کھینہٕ آونہٕ لبنہٕ۔۔۔فقط

مشیدِ آنگن تیرٕ بوٚ ناکھ

ژوپاسے چھکُر تھ خون

تہٕ اولااندگُن سائلم

مس اُسی نبتھٕ نٔو نوز اُید

شاید اُسکھ موہرٕ تیرٕ بیہِ ازگوبہِ کھور

قندملوِتھ تُملس اندر

وولہٕ سنس آسہِ ہن آءتی

توے تہٕ اُسی مس نند رِوُٹھ کُملاوان



# مے چھکھ نہٕ مُش مژ

مُشتھ گرٕ ھاں چھُم مے پان باضے
خبر ژٕ مشی رٕنی چھُ کیا زِ مُشکل
راٴ ژہنڈی خوفناک منظر
صبح دَم مُشرٕنی سہل چھا
کننہِ کھٕنتھ یم خیال آسن
رٕ دوقتک تمن چھلاں چھا
مُشتھ گرٕ ھن یوٚ دچھُ پان گالُن
کوے ژٕے مُشرُتھ حیات اٴستھ

ہیوٚ کم نہٕ تاٴمیر کٔرتھ مےٚ مندر

تہٕ چانٛی موٗرت گرم نہٕ سونہٕ سنز
نہ ترأوِ مے مٲلی أنتھ کھورن تل

گولاب وٕتھکی تہٕ آبِ زم زم
مگر تمس ہوٚکھی متِس گُلس تل

گواہ تھٕوتھ ژھایہ ہوٚل سہٕ تاپک
مے دے گنزٕ رمکھ تہٕ سجدٕ کری مے

وۆ ندم عبادت مے لول تمہٕ دوہہ
سہٕ دوہ تہٕ مُشرُتھ

دامنس چانٛس جرٕنی کتھی
ٕنکی مے تار کھ ہیکِہ نہٕ وألتھ
نہٕ زوٗن ہیچ مے بٕرتھ مےٚ ہلمس

نہٕ آفتابے نثار کوٚر مےٚ
مگر نصف شب انہٕ گٹس منز
جگر ژٕٹھ ترأو مے کھورن تل

پرٕژھ ٕپنٕنی بیہ ٕپنٕنی مُروت

تہٕ عاجزی ہنٛدی موختہٕ یمٕ وُتھی
اُچھودوٚیوٚ کنہٕ بنتھ دُعاہیوٚ
پدٕن مے جُری مے
سہٕ شب تہٕ مُشرُتھ

مے بتہٕ کالُک تہٕ یادزن چھُم
سہٕ چون روشُن ، یتھے نزاکتھ
تہٕ اَنٛہہ گرتھ ہورکُن پھِرُن بُتھ
ئلے مے جگرس کباب کٔترِنی
گِہے سہٕ نیرُن پرٕی ترٛ اوان
میانہِ مئتِکی گولاب چھکرتھ تہٕ
دوٚے دوٚہس گاہ نہٕ پان ہاوُن
تہٕ میانہِ صبرُک سہٕ امتحاں ہیوٚن
ژےٚ یاد چھُے نا ؟

مگر مے مازاَنٛہہ بُتھس کھٕژم دژ ہہ

نَہ ہاُوٗ مے زانٛہہ وٗ ریبہٕ انہار
اگر مے الغاٗبہٕ کھٔرٛم تہٕ ژَکھ زانٛہہ
فقط سۄٔ ہراٗ ژ اوٗ برلنگ ہیٚو
کرہم مے وٗ زملہٕ تہ اکھ زٕ لگرایہٕ
رۄٗ دٔستی ووٗ تھم اٗ چھوَ کنٛز
چھٔلتھ مے وولُم ہتک تہٕ روشُن
تہٕ شبنمکی پاٗ ٹھی گلو گنڈتھ زن
مے پان ووٗ ندٕ مے ژٕ ے آفتابس
تہٕ تام مۆشیا ؟

چھُ دوٕ شُرس ماجہِ نِش ژٕ ٹن کیوتھ
کھنٛڈٕ پھلبن ہنٛد بہانہٕ کاٗفی
ژٕ ے کمی بہانن کوٚ رے یہ پچہٕ پھُیر
نہ گاش رۄٗ دے نہ َ آب چشمن
خبر ژٕ ے ماچھے مےٚ لولہٕ نارن
چھِ چاٗنٛزِ جگرس کبابہٕ کٔرٕ مَتی

مےٚ چانٛی ہر کانٛہہ ادا چھِ یادے
مےٚ چانٛی سأری بہانہٕ وبدی چھِم
کھئنتھ مےٚ جگرس چھِ وعدٕ سأری
تہٕ چانٛی سأری ترانہٕ ویدٕی چھِم
یقین ییہِ نے ژےٚ یامہ ییہِ نے
مےٚ چھکھ نہٕ مُشہٕ مژ !

مےٚ چھم یقیناً خبر یہِ پانس
ژےٚ چھے نہٕ ؤنی کانٛہہ تہِ یاد باقی
نہ وعدٕ نے ہند ژے پاس رؤدے
نہ میانہِ لولُک سہٕ اعتبارے
خبر مےٚ دلہٕ کِنہٕ کمن کُنجن منٛز
چھِ وُنتہ چھوکھ زن بغاٛرِ مرہم
تہٕ کنٛزٕ رِکس عالمس اندر چھِم
مےٚ قطرٕ خونکی ہوٕ ان پریڈُں
خبر یمن یژ کالی زخمن

زانٛہہ کھسیا انگ تہٕ کرٲلی بہنا
کنہٕ بنتھ ناسۆر روزن
خبرمےٚ دلہٕ کنٛن کمن کنجن منٛز

ژٕ کفنہ چیر تھ شوٗس مےٚ وُچھِ زٔم
داغ ما آسہِ چانہِ ناوُک
اگر لوٚ بُتھ بس یقین کرٕی زٔم
مےٚ چھکھ نہٕ مُش منٛز !



# زال تہٕ زاگ

سُتلہِ داون خیالہٕ چھِن یورُم
زال أندری تہٕ زاگ ہٕتھ بیوٚٹھس
کاپہِ یُن گوٚ ژھ تصوراتیوتھ ہیوٚ و

مُرٕ ژ موٚ رہیو منس بہُن لایق
دوٗ رِچھ ہن تہ لیسکَ مثلی
کوچھِ رٹہٕ ہن تہٕ کھون بٔرتھ ینٛ گرٕ ژھ
گوٚ ژھ نہٕ تاب نِظر ژلُن ژھچِھ دتھ
گوٚ ژھ نہٕ بالن مژ رتہ مٔژ راوٗ ن

کاپہِ یُن گۆ ژھ تصوّ راتیوتھ ہیٔو
قاٗدگرژھِ ہے نہٕ موٗرٕ ژن اندر
نے مشیدن تہٕ خانقاہن منٛز
پھُہہِ دیہِ ہس نہٕ حاےٗ کماوقتک
کان دردست ترٛ ڈو ندگو ژھس آسُن
بس مگر نفسہٕ راکھشس کیوٚتھ بس
کنہِ پل تے اتھس کبتھن آسبس
بس مگر پننہ یڈٕ گنڈُن کیوتھ بس
ساٗزشونٛش تہِ پاک گو ژھ آسُن
بوش برِ ہے نہٕ نقشہٕ چھن بیرن
کاپہِ یُن گۆ ژھ تصوّ راتیوتھ ہیٔو

آبہٕ شارُک سہُ وگنہِ ونوُن ہیٔو
یارِ دو پھ ہیٔو بے شوٗنکی سازندر
بالہٕ داٗمنٛز نواے نَے ہیٔو زن
نیرٕ پوشک واٗ راٗ گی یاوُن ہیٔو

تیری آلوسہٕ مرگہٕ منز گاہے
نیٖل تالاب ہیٚو سمنز جنگلس
یارٕبل سرٕ ۆ دسہس تہٕ رٕوسی کچھن
کوترس ستی وارِلس یارٕ ژ

سُتلہِ داون خیالہٕ چھن یورُم
زال أندری تہٕ زاگ ہتھ بیوٗٹھُس
کاپہِ یُن گوٚ ژھ تصوراتیوتھ ہیٚو



# موٗل گلہِ ہے موٗلہٕ تل

چاکھ جامن دِنۍ

تہٕ ژھٹنۍ باکھ دوہے

راتھ تہِ ییی، ازتہِ، پگاہ

کاٗلی تہِ ییی

نہہِ گھٹن منز صُبحہ پٮ۪تۍ

شامن تہٕ منز رأژن نصف

ونۍ کالس

سونتہٕ شرٗ انٛن

منز بہارس

ہرٕدٕ کائی

بس اکاٶے کأماچھِ بس
چاکھ جامن دِنی
تہٕ ژھٹنی باکھ دوہے

زنتہٕ نکھِ والاں چھِ کانٛہہ
اجدادٕ نے ہنٛد قرضہٕ أسی
سۄ دیوٚ رکوتاہ مگر
مۄلس نہٕ کانٛہہ فرقے پیوٚ اں
سۄ دخوارس زانٛہہ کھسیایڈ
زانٛہہ تماہ سوریا تُمس
زانٛہہ یہٕ قرضُک مۄل گلہِ ہے مۄلہٕ تل

از، پگاہ گلہِ ہے مگر
نِوسرٕ ژٹن والین اگر
ژھبنہِ ہے رِزق

اِد کےٚ کھیمہٕ ہومگر ہیمہٕ ہونہٕ غم
سوٗ دخارس خار دَے کرِ ہے
تہٕ گلہِ ہے موٗل قرضُک موٗلہٕ تل

تی چھُ سپد یومت تہٕ تی
بیہِ سپدِ وق واتُن گرٕھبس
دپھ توٚ تامتھ
چاکھ جامن دِنٕی
تہٕ ژھٹنی باکھ دوہے
نہ ہے گھٹن منٛز صُبحہٕ پتٔی
شامن تہٕ منٛز رأژن نصف



# کھنس پیٹھ

ژاسہِ ٹوکھ، ژاشر کتھن
ژھاپنھ ہِش چشمن ،نہٕ بوزُن
زنتہٕ دیُن کنہٕ ڈول ہیٚو
دوے دوہس کرٕ بکھ کرٕ بکھ
ٹایم پیسک الارم ہیٚو کووق
پۆت گُٹھس منٛزٕ بے وجہ دلہٕ واثرٕ لا

''گمی سہ بر پھُٹرٕ وو، کُس چھو ؟
دارِپڑ اہ، پردس مہٕ لَم

ۂتۍ مَہ زأ لو

تیلہٕ پھیرِ ی موکلیہٕ ٹۍ
کُٹھ کھمبٕ ژ گگروتہٕ
تیر ٚن فاقہٕ لگی
سیٹھہٕ کوٚت گو ؟
راجہِ کرآلو
نوشو پھڈرو دانٕ''
دوے دوٕ ہس کرٕ بکھ کرٕ بکھ
ٹایم پیسک اَلارم ہیٚو کو وق
پوٚت کُٹھس منٛز بے وجہ دلہٕ واتۍ لا

کھے تہٕ کھاہ کم نالہٕ
مأ دان، بالہٕ تھوٚنگی
نٔیرِ ی ،نیہِ ،وأ راں، سکستاں
کم سٔدر، سر، ڈل تہٕ ڈوپنھ
صُبحہ پٹھ تا شام سرٕ ین وُ چھ

## خبرکم حاٗرثات

پیٹھ کھنس وأ تتھ کھوٚتُس
کن تہجہِ رتھ، ووزلیوس موکھ
لوسنس وأ تتھ پڑھے چھنہٕ لوسہٕ پنٕچ أمژ أمس
نتہٕ شمع ہیٚو ژھوٚ نہٕ بروٚنہہ
تیزاں یتھے !



# پگاہ سونچو

خبر کیاہ پھُٹ
اٲچھن منز خاب کنہِ روحس
اندر کیہنہٕ تاں کٕتری نوٚٹ ہیٚو
خبر نتہٕ مادلس ژھایلی
کٹھس منز بربکھ
لتن تل بانبرِ ہوٚت ژلہٕ وُنی
بےٚ خوفن دیٚت

گٹلی رٲژن اندرا کثر
خبر کم کم صدا سونچس
برس ٹھک ٹھک کُرتھ نیراں
تہٕ وٲنج نال پھٹمت ہبتھ

ژلاں گُرزن کنِلیٚ پُتھرس

تہٕ لاکم آشہٕ ہنز پراژن

دِواں چھَس ہتر

تہٕ اَخرچھنمب ئندس پیٹھ

جھٕچھی ٹلِتھ ٹھہراں تہِ ہرگاہ

دپھاتھن پھوکھ دِتھ

سمندررٲ ژہند چیرتھ

تہِ یوٚ دوے زندگی ہند کھوٚچ

ڈوکُر دِی دِی بُٹھس لوٚگ زن

خبر چھا سریہٕ دزوُن بڑٲنتھ رچھِسا

منز سیکلی شاٹھس؟

پگاہ سونچو!



# سرِیہٕ تہٕ شرانہِ

شرانٛہن ہندواٗناک حملہ پتہ
ییٚلہ سرین زٕژٕ کانٛن ہند بوچھاڈ کرتھ
گٹہ گاش کس ماٗدانِ جنگس منٛز
پننہ کامیاٗبی ہند جنڈٕ لہرو و
رنگہٕ ہارنجہ تژٕ وواسن کھنگالہ
ساٗری داٗ دی تہٕ دَگ مشرتھ
کوٚڈ زندگی ہندی پاٗزن پکھن واش
تہٕ کاربارکس باغس منٛز لوگ
بوچھٕ ہتیو جاناوارو بولہ بوش کرُن

ماجولوگ لُتہٕ مانٛنِہ کیوت آنپہ سارُن
تہٕ کُتجو کوٚرد بارٕ اول بناوٕنک سنز
مگر!
أتھی دوران درآے کاوتہٕ وارلۍ تہٕ
ژوواپأری وۄتھ ہوٚلی بارو
خونے خون۔۔۔مارے مار
ژھرٹہ ژھرٹھ تہٕ ژلہٕ لار

سریہٕ گوپننہ کامیأبی پیٹھ پشیمان
تہٕ رنگہ ہارنجہ رۄ دوہ زل رنگے یوت باقی
آخرکار پیٛو وسریس بالہٕ پتٔی پان ژورِتھاوُن
تاکہِ معصوم بوچھہٕ ہتی جاناوارا ژن آلثین
تہٕ قتل وغارت گژھہ فی الحال ملتوی





ژٕ ما چھی ڈاے دوہ نیراں مزازس
پوٚتلی پانس ژٕ کِتی گرِی گرِی تھوٗس ووٚنی



مندچھاں چھُنہٕ اختاب تہٕ کینٛہہ
اتھ وٗلی تو اخبارٕے کانٛہہ





پٔژھی سۄ پرٛژھ بے پڑھ ژٕ یتھنۍ گام دِکھ
سۄ رات کیوتھ سحر منگی تہٕ شام دِکھ

بۍ اُرنہِ گوٚند تہِ زانۍ ہا غنیمۍ تھے
پتو اگر بُمس گُرتھ ژٕ بام دِکھ

ژٕے ترٛیشۍ ہوٚت سہٕکل سرابۍ بُزی گوٚوے
دِلا! ژٕ یتھنۍ خونۍ سے ووٚل دام دِکھ

ژٕ پٔترٕ گرہٕز سنکھ تہٕ رنگ مُشتھ گرٛھی
پِسُن پیٚیی یکَس اگر غولام دِکھ

منگن اگر ژٕے والدیں رضا بدل
نظر، جگر تہٕ زندگی تمام دِکھ

بۍ عکسِ اٗنۍ ہاوٕ ہے جگر ژٕٹتھ
چھِ تجرُبچ وحی وناں ژٕ پام دِکھ





کتھل واوُک پڑٕ ہڑٕھل پۆت وَن یہ دنیا
زٕلرِ ذاءلکر یمے کیہنہٕ پن یہ دنیا

سدٕر ، ملرا ، ہوا، ناوا، مسأفر
اڈٕن تارن اڈٕن مارن یہ دنیا

گہے غارَس انٛدر صدین ژٕہاں ژیہہ
رٕہتھ بعضے گرٔھاں رأژن یہ دنیا

منت شوقس تھٔوتھ موقس اگر یکھ
پَدٕن چانٕن کرن ارپن یہ دنیا

فقط اکھ ژٕبتھ رٕچھتھ منٛز گیانہٕ ینٛدربن
نتے کیہنٛس اندر 'لا' زن یہ دنیا

سبز شُہلتھ سرٛاں سُلہِ سوٗنتہ شرٛانٛبن
ہرٕدی واوس پکھن پپٹھ پن یہ دنیا

جہانگیرسؔ اگر اَچھرن اثر دکھ
پِشتھ شارن اندر چھانن یہ دنیا





یہٕ کیہنہٕ ژھارو تہٕ چھا سورے کتابن منٛز
حقیقت لاشعورچ چھا حسابن منٛز

پھولن چھا گو پھٕ کتھا کانٛہہ چاک جامن دِتھ
چھُ پشپاں عرقِ خود ریزی گولابن منٛز

اگر ہکھ سام تأرتھکس لبکھ پانے
غوٗلأمی رووے بدلتھ انقلابن منٛز

اگر جنت پرُن چھُے ہوش دارن پَر
متیٚن چھا دل لگاں حوٗرن شرابن منٛز

طلب کر زُو اژی سونتک زِمستانس
سوالن ہنٛز حقیقت چھا جوابن منٛز!





وولہٕ شوخ سرٕ ہلی شب گنٔزراوو کم دۄہہ گیے دم پھُٹی یاد کرو
کم سو چکۍ سرٔ گرۍ سَرتہٕ وچھو، کم سمیہٕ سٔدر ژٔژی یاد کرو

کم کم لوٕلکۍ منظر گٹہٕ بزٔ گیے یاد چھیا کنہٕ مشروُتھ
وولہٕ پاو ژتبس تم ہرنہٕ وژن، تم یارٕ بلکۍ نٔژ یاد کرو

تہذیبک تارکھ نب لۄ ستھ کُس ہرٕ یہ سرا ئبک برہم دِتھ گو
گم آگر ادٕبکۍ ہوٚ کھرٲوتھ کم کم دفتر ؤٕژ یاد کرو

کُس یاون یکدِس سأنس پھوٚرگمی ترٲو دۄدس پھٹکرزٲنتھ
ہتھ پرۄن پرٕزلون پوٚت منظریم زٕ ژٕ بٔری انہٕ گُٹ یاد کرو

دیت ہٲنٔزس سٔدرکی لالن برہم وتھ رٲوسکونٔک زُو ژھاراں
کتہٕ کتہٕ پھٹ لوچ ناوٕنٔس کتہٕ طوفانن رٔژ یاد کرو





کمن کمن گُلشن ژٕ ڈکھ تھوکھ بدن
چھ مکژٕ نارٕ دن کرِتھ بدس ترٛٹن

ہوا تہٕ نارٕ دۄد تہٕ سۄرٕ موٛٹھ گیس
ژٕ آشہِ ونتہِ چھُکھ کہٕ سورٕ بۄنٛ زیون

کولن کئدل درن نہٕ یُپ وٕستھ تہٕ کیہنہٕ
اگر درن تہِ دپھ سہٕ تارٕ کم ترن

ووٕزلی پلو چھ واوٕ گرایہ حبس کرو
گرن کرِو مشالہِ یۄد شع ژھیون

شہلِ شہر چھ شامہٕ پٔتۍ شرم ژھٹاں
کرٕلی گٹن چھِ تیرٕ بٔگو یواں أچھن

وُ جارٕ واجہِ منٛز سرُپھ ییا بدس
أمس چھ ڈُبہٕ ڈاس گوڈٕ کرُن دندن

سُواں سہٕ اوس پامہٕ گٔدی اساں اساں
وداں وداں بوٚ رُس مے پھشٕمب گرٕشن سَرٕ ون





مے خابن منز دوہے چھم پھاسہِ کھالن
گہے سئدرس رنیمژ ناو والن

وندکی ؤہونی تہنگل تاواں وجودس
رُحس تامتھ رُمن رأٹھن چھ زالن

مے پنہ نس حالہِ سے پٹھ وقت تراوُم
چھُ رتھ پریڈاں یمن چانہن مثالن

شِہلی گُلی مولہِ تل پڑاٹو تہِ نیرو
فرد ادِ کارِواںکی نار ژالن

وُچھم وُزمل تہِ پتہٕ گگرایہِ پڑا راں
ژٕٹم وأنج خبر کُمی کُمی خیالن





خونہٕ سُری گومُت کفن زولم تہٕ دراس
وشفہٕ ما گو، وعدِ اکھ پولم تہٕ دراس

واوِ رنگشا تبنبرِ ٹأکس کن بڑاں
کٲتجہ بچہ ژھیے آلہِ کُے وولم تہٕ دراس

منزِلُک پےَ لۄگ تہٕ سفرس رأو وَتھ
میلہٕ کنہِ شوقک قلم ڈولم تہٕ دراس

نۄو صلیبُک ہیو رِکھو آکار رۄٹ
پان پھِہہِ پنہ نوٚ اتھو کھولم تہٕ دراس

از تہِ ژٕھٹ صجأے سرٕین باکھ ہِش
پرأنی پأٹھی گۄش دِتُم ٹولم تہٕ دراس

نا ش، سبٕکلیچ باش وق کرِ ہے وتن
احتیاتاً پٔدی پتھُر گولم تہٕ دراس





خاب دوٗہہ دِش بہٕ چھُس گراں تنہا
خاب پھٹہٕ ئِکی ستم سراں تنہا

سانہِ شہرٕکی شِہلی تہٕ زن شاۓ پِٹھ
بونہِ تل گژھ گرٕ یشم کراں تنہا

چون ہیو فن خدایہٕ گۆژھ آسُن
داستاں کم ژٕ چھکھ گراں تنہا

پڑ اۓ نی بیٹھالہٕ نی ڈٕ ہتھ آبن
ناوِ تمہِ تارٕ از تراں تنہا

ییلہِ چھ معصوم رتھ وٗنداں سبکلس
موت پانے تتھن مراں تنہا

گاش، ریہہ، تن پئنڈ دِواں قہرس
ژونگ ژھٹہِ چھا یتھے دراں تنہا

دَے سرُن توٗگ نہٕ زانِہہ جہانگیرس
پأنی پانس چھ ئلی سراں تنہا





خبر ییتھ زمانس یہ کیاہ أدرٕ کھل گے
کِتھس گلستانس یہ کیاہ أدرٕ کھل گے

نہ دل مایہِ مائِل، نہ پاسے چھُ بُجرک
بُڑس نوجوانس یہ کیاہ أدرٕ کھل گے

بۍ سر سنگ ریزا ژٕرے ما پے زِ أخر
ہۆمس أنہِ خانس یہ کیاہ أدرٕ کھل گے

گنڈتھ پۆختہِ آمیو پنو لول کۆت گو
سگیں، کترِ بانس یہ کیاہ أدرٕ کھل گے

چھُ سالار منز محلہِ خانس تمس کرِتھ
خبر، کارٕ وانس یہ کیاہ أدرٕ کھل گے

عقیدس عقل وۆنت ژھاراں بٕٹھس پیٹھ
دِلس آستانس یہٕ کیٲہ أدرٕ کھل گے





ءستی اوسم پان پانس آدی تام
نیب اوسم جانِ جانس آدی تام

پان پأراں اوٚبرٕ پٔتی أس تاپہٕ زٕژ
بَر تھٔوم ؤتھی آنہ خانس آدی تام

گوٚژھ نہ دُشمن باز پھیرُن دٕہہ وُچھتھ
کأنسہِ ہرگز پیوٚ نہٕ دانس آدی تام

ماجہ ہنٛد ماجت ژھوکُن اوسا سہل
وہے تورے وولُکھ نہ سرٛانس آدی تام

دیٚت امانت موقعہ سے پیٹھ ژٕمی وۄں اوس
وچھ ژٔٹتھ ژھاران کانس آدی تام

وٕنی پچھاں پننہٕ تہ پردٕبن گیہٕ تہِ زن
پان پشرُم غأر زانس آدی تام





پدٕبن تل چھس دوٚہس کم کرٛایہِ ژالان
أچھن د وٚن منٛز شبس ژیٚشا یہِ زالان

پنُنہٕ ہأوِتھ شکل پھکبھ کھیاو ناوی
ژٕ کتھ پٔبٹھ آے شیشس بایہِ ڈالان

نبس نوزُکھ نظارو نال و ؤلمُت
شبس منٛز سرٛیہِ رؤستھے سایہِ نالان

بُنتھ کرتل قلم وقتک چھ بعضے
رکھن ترتیب حرفن نوقطٕ ڈالان

چھُ عشقُن نار بے پروا تہٕ لا حد
یتھے پا تال چھا ہیمالہِ والان

چمن آسُن سہٕ گوٚژھ ییٚتہِ آسہِ واریل
پکھن تل ترٕ نیومُت طوطہٕ پالان

جہانگیرسؔ تیوتھے نیراں زُوس زُو
چھُ معصومس یتھے کانٛہہ پھاسہِ کھالان





ویۆد چھنہٕ ووٗنی انہارے کاشہہ
کتھٕ گنزراون یارے کاشہہ

بونہِ گُلبن ہنْدی ماشٹھے رأے
وَنہِ تھاٲیو دیوارے کاشہہ

گُنت کٔنزن گو لالچہٕ بُزی
راوُک شوبہِ شہمارے کاشہہ

شُنہس سرپھو وۆلمُت نال
وُپھِ کتھٕ جانا وارے کاشہہ
شاٲپٹھ افسانُک عنوان
سیٚدِ بُتھِ چھُنہٕ کردارے کاشہہ

منٛد چھاں چھُنہٕ افتاب تہٕ کیہنہٕ
اَتھ وٕلی تو اخبارے کانٛہہ

کِتھ نقشاون راکھسی ژُیہہ
سمیس چھنہٕ آکارے کانہہ

پرژھ تہٕ جہانگیرٕس معنے
سمجھاں چھُنہٕ وونٛی شارے کانٛہہ





یمن گولاب روخن پپٕھ یہ کُس سفر لیکھاں
سیٚدس تہٕ صاف ڈٕکس کُس، ڈٕکس کجر لیکھاں

خبر ژے سِر یہ چھیا پانہٕ چُھے گٹُل پھوٚ رمُت
ئلی ژٕ پٕتؠ مہِ پہر چھکھ شبس سحر لیکھاں

دوہس زمانہٕ خیالن چھ پرَ ژٕٹھ ترٛاوان
وُجارٕ نندرِ تہٕ خابن چھ بے ثمر لیکھاں

کُنے خدا چھ بہارس تہٕ بیہٕ زمستانس
ہُمس شِشُرتہٕ یمٚس خوش یوُن ترٛر لیکھاں

شبس خیالِ وصل چُھم جگر ژٕٹھ ترٛاواں
فسانہٕ چانہِ فرٛاقکی وتن نظر لیکھاں





یُس وۆل سۄے اکھ چھ اضطرابس منز
کُس چھ آباد ییتھ خرابس منز

سونتہٕ شرٲنٛن ؠِشُر شِلس پھۆرمُت
داغ ہرُدک پلاں گولابس منز

گاہ مرنٛچ تہٕ گاہ چھ تھَر زُونٛچ
خوف تامتھ چھ خود عذابس منز

رات دوہہ دم ہیٚتھے کرس گرداں
چانہِ أچھ چھا درج نصابس منز؟

لایکہٕ لچھ پیٛٹھی ژے فیس ٹُک پچس
پس کھٹتھ کیاہ تھوٗوتھ حجابس منٛز

تاپھ ٹیٛی ٹیٛی ووندک شِشُر ما گوٗل
سڑان دوہ دِش کوٗرُم سرابس منٛز

ئلہٕ چھ جنت ئنتھ کھواں واعظ
زنتہٕ اکھ بر ہٕم بُستھ ثوابس منٛز

کاش دنیا تہٕ آسہِ ہے اپزُے
دأدی سأری بلاں چھِ خابس منٛز





گُس آسہِ یُس سجایہِ ووں گلزار میٲنۍ پاٹھۍ
گنٛز رایہِ گُل چھوکن تہٕ دلس زار میٲنۍ پاٹھۍ

تتھ بونہِ اوس میون ہیوے اعتبار زَن
یا متھ ہرُ د وُچھن تہٕ چھوٚکن نار میٲنۍ پاٹھۍ

ناگن تہِ نیرِ نیلہٕ متک خونہٕ بُکھ پگاہ
ورتاوِ وق مثالہٕ طرح دار میٲنۍ پاٹھۍ

ٲلۍ یتھنہٕ کانٛہہ ونی سہ دواں چھے یتھے شراب
چاوی سہٕ ییٚلہِ زُوس تہِ گنٛدکھ زار میٲنۍ پاٹھۍ

یامتھ ژٕ پنہ ژھایہ وُچھکھ تالہ ہنگ پھٹان
دنیا سرکھ تہٕ رٲسہٕ کھسکھ دار میٲنۍ پاٹھۍ

سانٛگل خیالہٕ کیازِ اۄنتھ جیرٕ رات کیوتھ
باوُن چھُیا ژٕے ننٛدرِ زوٗلن شار میأنی پأٹھی

شمشانہٕ یُس سٕرتھ سہٕ سبز سریہ پھیُر باز
بے وایہٕ کونہٕ بابہِ سہٕ اسرار میأنی پأٹھی

مُفتوے متئن مژر تہٕ یواں باگہِ چھا لگے
پڑا وکھ مژر ژٕ دل تہٕ جگر ہار میأنی پأٹھی

تتھ بڑ مجہ پن وٕوں نیرِ نہ گرٕشھ، سونتہٕ نیر گرٕشھ
دفنومُت چھُ تُمی تہِ سہٕ لوکچار میأنی پأٹھی

یم سرٕو با خدا چھ یمے بارٕ کنٛڈی کھڑا
اتھ شایہ ما گوٚمُت چھُ دفن یار میأنی پأٹھی

وُچھنس بہٕ وۄریانہٕ زمانن تہٕ دۄپن دڑاکھ
ژٕے یوتہٕ جہانگیر وفا دار میأنی پأٹھی





خزانہٕ درٕ ینٛٹھی گو نہ ٲلِو پرُن تمو پٹھ نیکھ
سہٕ بے گو ناہ لۆ گکھ نہ أتھی تہٕ راہ رَو رٕٹتھ نیکھ

دزاں چھُ آمہٕ تاوِ وُچھ فصل یتیم کھیتہِ ہُند
ٲلِی یہ پپنہٕ رنگ رؤٹُن تہٕ اگرِ کول ژٹتھ نیکھ

ِکہنی تہِ چار آسہِ ہکھ نہٕ رودمُت ووں ژۆرِ رُس
لۆ بُکھ نہٕ پہرِ منز ِکہنی تہٕ توتہِ ژھے وٕٹتھ نیکھ

خبر گلو تہ کیاہ چھ ڈیوٹھمُت یہ گٹہٕ ژلس اندر
یتھے سحر وُچھکھ جگر تہٕ جامہٕ بس ژٕٹتھ نیکھ

سو ناو سدرٕ پیرِ وِنی بُٹھس نہ لاگہٕ ئکی حکم
نیکھ تہٕ واپسے مگر سو ناو گوڈ پھٕٹتھ نیکھ





یم زونہِ پچھکی خاب تہ تأپر سیاہ راتھ
وأرث بہِ اصل زونہِ تہِ جأگیر سیاہ راتھ

ہے سریہِ کرکھ نا وۄں کُنے زۄل تہِ نیرکھ
یتھ بُتلہِ کراں تاپھ تہِ تحریر سیاہ راتھ

ژونگے نہِ، نہ کُنہ میلہِ کنی کانٛہہ، نہ کھوکھر بۄنی
تنہا یہ سڑک، شرٛانہِ، مسافر سیاہ رات

دنیا چھ أنہِ خانہِ تہِ اختاب ژھٹاں نۄر
یتھ تاپہِ کرٛایہ منز تہ یہِ کشمیر سیاہ رات





رُدِ وانہ وٚتھے زانہِ بُر چاۓنۍ تہٕ سہلاب
پٔٹھ آرِ بٔڈھس بوٚنۍ، پہٕر میاۓنۍ تہٕ سہلاب

سٔدرس چھ بہر حال ترُن تارِ یتھے پاٹھۍ
کانٛل نہٕ کدُل، ناوِ زِ پچہٕ کاۓنۍ تہ سہلاب

کرِ پٔٹھ مے وِراں ووت اتھ اندر بہٕ ونے کیاہ
باسن ووں کُنی کتھ چھ نظر چاۓنۍ تہٕ سہلاب

کُنہ راۓ ژ گرشھکھ پانہٕ تہ حاران ژٕ اے راتھ
ییٚلہِ رقص کرن پہرِ کھوٚ پرِ ساۓنۍ تہٕ سہلاب

اوٚش وانہِ ژٕ دامانہٕ مہٕ ءکرشناو سراسر
ہلمس مے برٕنۍ آسہِ خوٚشی پراۓنۍ تہ سہلاب





باکھ سمتھ سأری تژاوو گوڈ شام گٲژھن
دأدی أکس اکھ وُزناوو گوڈ شام گٲژھن

یتھنہٕ دیکھ أسی لبہٕ وِنہٕ رُستھے از تہٕ لُبکھ
أسی ووں پہٕلی ٹیۆک ہتھ راوو گوڈ شام گٲژھن

أسی تہ ہکو أٹزرأوتھ ابدی نباے، وُنس
زۄنہٕ سمندر سمکھاوو گوڈ شام گٲژھن

دوہلہٕ چھُ لیوکھمُت تاپن کیاہ کیاہ دیوارن
جام سیاہ چیتھ نہناوو گوڈ شام گٲژھن





کھیاوِ شوٗٹھس ویہہ اگر بس کھیایہٕ زبو
زبو اگر ژٹہٕ ناوِ بس ژٹہٕ نایہٕ زبو

کاغذَ و پارے چھِ دِژ ہٕژ شہرِ گام
یتھنہٕ کانٛہہ قلمس، قلم کر نایہٕ زبو

پژاژِ لیس کیہنٛہ دژاو پژاژن ہٕر دِنس
تس تہٕ شامتھ یُس نہٕ ڈٕلی ہٕژرایہ زبو

کاو کاوٕے ٹاو یوٗد کرِ پام چھا
پام گیے بلبل اگر بدلایہٕ زبو

شعر زُو دیہِ معنہِ سٔدرس ووڈھ ژھنتھ
بحرِ منز اچھرن اگر کتراےِ زٕو

آسہِ ہے شاید سکونس وُنہِ تہِ زُو
آسہِ ہے نے دون وُڈھن ہمساےِ زٕو

باوِ کُس للہِ واکھ شرُک ، ونوُن، وژُن
ماجہِ ہستی ماجہِ ہنز یوٚد راےِ زٕو





پان بیٚہِ زوٗلُم نہٕ ئلیٚ تس چھا خبر
گھٔتیٚ یتھے دم بستہٕ گلٕیٚ تس چھا خبر

کھوٚت حبابس پھوکھ تہٕ رقصاٗون سماں
لٔہرٕ کاٗژاہ آبہٕ تلٕیٚ تس چھا خبر

آکھ رِسہٕ وٕنیٚ شیرِ نم دستانہٕ دٕسیٚ
یم چھِ لوٕلکیٚ دانہٕ پھٔلیٚ تَس چھا خبر

آختابن پان کُن شاٗملیٚ گٹن
تارٕکو ہیٚژ زوٗن مٔلیٚ تَس چھا خبر

کیاہ؟ پرٛ وژھن بے پرٕدٕ کیہنہٕ ووٗنمس نہٕ ژٕج
کر تہٕ رِکتھٕ پرمانہٕ ڈٕلیٚ تس چھا خبر

زاٗہدس وضہس اندر چھُنہٕ اشتراک
عاصہٕ ڈٕکھرنہٕ ئکتیٚ گٔلیٚ تس چھا خبر





وُنہِ پۆژراون یم کم کم گُل، تُل تژاو کتھا
وُچھ بلبل چالہِ چھ راتہٕ موٚغُل، تُل تژاو کتھا

ہے واوٕ ژٕ چُھکھ وۆلیومت ئلہِ کتھ پان ژٕٹتھ
یم تِلہٕ رُس ژاۓ نگی ژھیون بالکل، تُل تژاو کتھا

یم نارٕ تنبُگل رَچھ یارٕ سبز ما آسہِ کُلا
دزِ تاپکہِ تژرٕ یہ ہوٚکھ کاٹُل، تُل تژاو کتھا

أئینہ أچھن پیٹھ کھولتھ ئلہِ چھوکہِ داٗوی بدن
نم أسی پٹنز پانے بُتھ زُل، تُل تژاو کتھا

کُس تام دپان دامانس تل شہمار رچھاں
سہٕ تہِ آسہِ یمے گامُک گاٹُل، تُل تژاو کتھا





وٚلو از امتحاں پانس کرو سونچو
بہ محشر اَسی کمس کُس بُتھ دمو سونچو

چھوٚکک باڑو ژٕٹتھ دژامُت چھُ دژاتچ رٕکھ
یمو لوکٹیو ضمادو کر بلو سونچو

دپاں تمہِ لادِ ہند کانٛل تہِ نیو آبن
وٕستھ سہلاب کتھٕ تارس ترو سونچو

تیمّم کوٚر تہٕ سجدا دیت خدا حاٗفظ
مگر اتھٕ ہوٚکھی بُتھس کوٚت تاں ملو سونچو

ئلی عادت گۆمُت اسہِ اوس بٹھِ بسنگ
ووں کر أسی ناوِ بیہِ نیہِ سر گرو سونچو

خیالن ہنز وُزنی رتہٕ ئرِی تہ سونچس وَٹھ
پگاہ کراین شُرہن کیاہ چیۆن دِمو سونچو

پنُن زانتھ جنگل ہرٕنِز وژن کۆت تام؟
بچاوتھ زُو سہس کیاہ کھیون دِمو سونچو





شہرس اندر سائنس بساں کم ژھایہِ ونے کیاہ
تاپس نکھے گٹہٕ زۆل تہ ماراں گڑایہِ ونے کیاہ

پانس مے ہوۄم پان ئلی وۆتھ پرٕ جبینس
یکدم پتھر اٲینہٕ پیٚو ٹھسرایہِ ونے کیاہ

قدہُر نہ یٚوٗتاہ لۆگ أچھن نش دۄرنہِ لگی کھور
ژیونے نہٕ مرلن زایہِ کرسرِسایہ ونے کیاہ

وۆل نال ٲمی تاں کالہٕ شہمارن یہِ زمانس
وقتس وچھس اندر دزاں ژیشایہِ ونے کیاہ

سٔدرس وساں وُزمل وُچھاں وأناکھ وتن ووٚنت
شُنیس سناں پھِری کنن گگرایہِ ونے کیاہ





تأبیر خاب گو تہ أچھن منٛز دزاں چھ خاب
سحرأوی پوشہِ آیہ اچھأوی ژماں چھ خاب

واوس گرٛاں چھِ مُرٕژ تہ آبس تھٕرٛاں صلیب
پانٕے بناں مزار تہ پانس نِماں چھ خاب

آیینہٕ زن پھُٹاں چھُ ژٹاں وچھ دوشاں چھُ خوٗن
سینس اندر سوألی صدا ییٚلہِ دِواں چھ خاب

بے پردٕ زانٛہہ زمانہٕ پرٛز ما کراں چھُ فاش
سدٕرس وۄتُل دواں تہٕ ژھنڈاں لا مکاں چھ خاب

شامس کھوٗاں چھُ خوف تہ سریس پھَراں سراب
سوٗنچس شِشُر لگاں تہٕ خیالن ژہاں چھ خاب

لوٗگ نظرِ زن گرٛہن تہٕ عکس کھیوو اماوسن
شیشس سنبر ژھو کیو پرٛوَن منز وِراں چھ خاب

ینہٕ گیے سکونہٕ سایہٕ جہانگیرٕ تاوٕ بُزی
تنہٕ شٔدرِ ناگ ہوٚکھی تہٕ ووں خالے وُزاں چھ خاب





مے چھِ از تہِ وُہاں ووش تۂ سرد نار أچھن تل
کِتھ دژاو سۂ ترأوِتھ یہِ سبز زار أچھن تل

سبکلس چھُ پھٹاں اوٗش تۂ ژٹان سینہ سمندر
معصوم تمن آسہِ سُہ انہار أچھن تل

پرٛ بتھ ساعتہٕ چھُ واعظ تہِ ژٹاں عشقہٕ مُتس سر
لس آسہٕ یقیناً بہٕ گۆناہ گار أچھن تل

پرُژھمس ووں دژاوے کیاہ ژے یمو گولہِ، گنو مٔز؟
دۆپنم بہٕ اگر تژاوِ چھُیا کار أچھن تل؟

ہأرتھ تہِ یواں چھُم مے سکوٗنے یہِ عجب باز
شوٗقس بہٕ گنڈاں چھُس یہ دوہے زار أچھن تل

چھُکھ کیاژِ لدِتھ بُتھ مے پرُژھم اوٗبرٕ نبس أدی
دۆپنم مے یہِ چھُم راتہٕ کُے اخبار أچھن تل





یا تہٕ دزِوِنی تتھٕنگل چھِ داۓنکی اَسی
نتہٕ چھِ ژٕنہِ پھٕلی دٕزتھ مکاۓنکی اَسی

مول چھُ ٹھنہِ رایہِ سانہِ، اسہِ نہٕ کھٔنٛژ
زن چھِ پھُٹہٕ ووٹ بچھٕنہٕ باۓنکی اَسی

بأگراواں کُنس چھِ کیاہ أخر
نے قوراۓنکی تہٕ نے پُراۓنکی اَسی

راوٕ راں مول کھٔستھ چھِ کٔچ ہیرن
پڑاژِ ژٔلی متی لفظ بیاۓنکی اَسی

پے نہٕ کٔمی زیون سانہِ دٔسی، کوتاہ
یکہٕ تہٕ بیگم چھِ تاسہٕ واۓنکی اَسی



اگر نہٕ پانہ چھِ پھاٗلاں انِو کرایہِ وُنل
یمو تیزٲبؠ زٕژو نِش فقط بچایہِ وُنل

دزاں چھُ تاوِ دوہے ناوِ رُس سراٗبؠ شہر
تیتھے بہٕ چھُس نہ منگاں سوز ووٚنی خدایہِ وُنل

سفید پوٚژِ چھِ لگی متی سیاہ چھوکن پیٚٹھ چھوکھ
دکن لگُن چھُ امس یود تھولیس نہٕ ژھایہِ وُنل

پژھے ووں روز نہ خابن صُبحُ پھٗلتھ سمکھو
سہٕ اوس شوقہِ سحر ییٚلہ دوژھو وچایہِ وُنل

ژٕ آختابہٕ کھسکھ نا اساں اساں بٔیہِ از
وندے بہٕ چشمہٕ تتھے کنٕز دمے بلایہِ وُنل





عبادت عادتاً کٔری کٔری تھۆکُس وونی
بہٕ سر ہا پان دَے سٔری سٔری تھۆکُس وونی

مےٚ کوتاہ کال گو ینہٕ چیۆم امرِت
وۄں رَچھتم زبونہٕ نِش مٔری مٔری تھۆکُس وونی

بہٕ چمہٕ ہا ڈۄنی کانچن منز تکلّم
کنٔن بے سُر سماع بڑی بڑی تھۆکُس وونی

کولن کانٔل اویزاں لہرِ وأنکن
بہٕ تارس زُو ژٕٹھ ژٔری ژٔری تھۆکُس وونی

پڑسن گرٕژھِ سوٚنچہٕ سٔدرُک دیوتا کر
خیالن سگ بریو پھٔری پھٔری تھوٚکُس ووٚنی

بہٕ چھُس سوسن مےٚ ما چھِم جامہٕ رتہٕ سٔری
توے ییتھ قبرِ پٮ۪ٹھ ہرٔی ہرٔی تھوکُس ووٚنی

ژےٚ ما چھی ڈاے دوہہ نیراں مِزازس
پوٚژلی پانس ژے ِکتی گرٔی گری تھوٚکُس ووٚنی





میون پے ژھاران ئلی راوکھ ژےٚ کیاہ
زندگی ہنٛدی میٹھی دوٚہہ کھیاوکھ ژےٚ کیاہ

عشقہٕ نارس تِہہ ہماں بعد از وصل
یام لبہِ ہم تام مُشراوکھ ژےٚ کیاہ

کیاہ وۄنتھ، شُری بأژ کس ترٚأوم مےٚ پتھ!
جنٛدٕ پلوس تل بہٕ یوٚد ساوکھ ژےٚ کیاہ؟

واوِ نیرُن میانہِ آنگنٕ چھا سہل
پان ئلی بالن کنین چھاوکھ ژےٚ کیاہ

گاشہٕ چٕر نبن تام دۄپ ہم زُو ونٛدُن
ژے نبس تارکھ تہٕ نہناوکھ ژےٚ کیاہ





زونہِ ما از وۄن ستارن بیہِ تہِ کیہنہٕ
کھۄتی نہٕ از تارکھ شمارن بیہِ تہِ کیہنہٕ

وہے! سو نچۆس باکھ ژھٹہِ ہے وَچھ ژٕٹھ
سرٛانہٕ گرٕی ما مانہِ ژارن بیہِ تہِ کیہنہٕ

جانور آلبن ترۆپتھ برَ شۆنگی سُلی
بوو ما از اِشتہارن بیہِ تہِ کیہنہٕ

تیوت گو پاتھُل شُرٛکان ممکن چھ وونی
وونہٕ ما یہٕ ملہٕ گُزارن بیہِ تہِ کیہنہٕ

موج گے بیۆن ژٕول وُچھتھ ہے بنگہٕ ہش
کاش ونہٕ ہے اختیاراً بیہٕ تہٕ کیہنہٕ

زیُن، ودُن، دَلہٕ واژُلا آخر مرُن
زٕندگی چھا کانٛسہٕ دارن بیہٕ تہٕ کیہنہٕ؟

لوگ ینہٕ تُمی پۆز وُنن شارن اندر
تنہٕ جہانگیرسٕ چھِ ژھارن بیہٕ تہ کیہنہٕ





یێلہِ نہٕ دے یڑھِ چھا ژھبناں اکھ گاسہٕ ٹُل
سُے چھُ مأ لک ماتحت چھُس جُز تہ کُل

ہرٕدٕ واوس نیب سونتک یێلہِ پرٕژُھم
پن تہٕ موٕ چھأنتھ دۆ پن پھۆلہٕ راو گُل

وُٹھنہٕ آوس زُو ہٹس پٹھ تڑاوِ کس
پۮٕری کنو رُس اڑٕ بُٹھس پٹھ وانٹہ گُل

وچھ ژَٹاں کُس دڑاو صُبح آرٕ بُٹھی
ٕگنگہٕ راواں آب کوٕ غزلا شِرہُل

بونہِ تتھ ژھپہٕ ژھأری ماٹھچہٕ لۆگ نہٕ پے
کر ہرُد ژاوُس تہٕ کر رووُس شہُل





دۆ پکھ دم کٔرو دتھ کلایا نیٚبرٕ کنٕ
کرکھ ییتھنٕہ مأتم تہٕ بابا نیٚبرٕ کنٕ

وٕتھِن ہۆلی بارو نبر ییتھُنٕہ نیرکھ
متیمٕژ أچھو رُس بلایا نیٚبرٕ کنٕ

نہ پھۆل زنتہٕ سحرے نہ جاناورن زُو
یہِ کیوتھ عالما از خدایا نیٚبرٕ کنٕ

کُنے زۆن سہُ پتھ کُن چھُ اکھ مُزکہٕ باقی
کرٕلی کٔنڈی دبگُل وُنتہ تھایا نیٚبرٕ کنٕ

ژے فوٹو تسُند وُنہ چھُیا البمس منٛز
وُچھی ییتھنٕہ ترٔڈ کنٕ، چھ ژھایا نیٚبرٕ کنٕ

کھیم ووٚتھ دِلن زنتہٕ نیو کانٛسہ تچھ دتھ
خبر ہرنٕہ ژھٹ دِتھ سو دڑایا نیٚبرٕ کنٕ





أچھن دوِن منز وَژھن ۂدۍ خاب راتس
دِلس کیو دامنس گو آب راتس

نبس زن پرِۂ کۆرمُت مُتۍ خیالن
ژٕتبس پیو ۂلۍ تہٕ ۂلۍ ماہتاب راتس

چھِ کوس وحشت أمس یمۍ کۆر نہٕ آلو
بہٕ چھُس حأراں چھُ کۆتاہ تاب راتس

دوہس ٹُل گیور کوتاہ اِنتظارن
خیالن آو زن سہلاب راتس

أ ِکس لختِ جگر موٚر تشنٕہ کھونہِ منٛز
چھُ بیا کھا بأگراں دچھٕ آب راتس

برٛنزا شامس ٲرتھ گو سجدٕ عأبد
مےٚ أسم تھر سویے محراب راتس

سحر پھوٚلتھے ٲبم تم صاف کاغذ
یمن پیٹھ لیکھی مےٚ عشقٕنز باب راتس

جہانگیرس ہوٚکھی ارماں ولیکن
زخم جگرٕکی سپٕنز شاداب راتس





مُقرّر پانہٕ وتھ کر پأنۍ پانس
خدا بن مغفرت کر پأنۍ پانس

مہ تھو کانٛہہ آش ہمدردن، سوکھن ہنٛز
بسُن یوٚد چھُے ژٕ ستھ کر پأنۍ پانس

کوٚتامتھ گتھ کراں پروانہٕ روزی
اوٗشس کر تھکھ تےٚ گتھ کر پأنۍ پانس

مہ تھو محتاجِ محفل پٔننٛز باوتھ
کنو بوز پانہٕ کتھ کر پأنۍ پانس

شکارن ہُنٛد غذا کوٚت تام پوشی
پٔنُن رن ماز متھ کر پأنۍ پانس

ژٕ کوتاہ نار للوکھ بونہ شہلٕیک
جہانگیر تاپہٕ دتھ کر پأنۍ پانس





گرٛھسم سکوت مےٚ دم پھٔٹ اگر نہٕ دل تہِ وزہم
ووٚل گو یہ چوٚن صدا توتہِ بے صداتہِ گرٛزہم

کرٛن مےٚ زوٚل چھُ چانٛہن وتن بہر صورت
بہٕ زالہِ آشہٕ بتہٕن منٛز اگر نہٕ خون دزہم

گولاب میانہ بہارُک چھُ بے مُشک، بے رنگ
وَنے ''مذاق کوٚرتھ ئلہٕ'' مگر ونن نہٕ پزہم

چھُ کیاز خونِ فراغت بُتھس بُتھس پریڈاں؟
ینا خدایہٕ سوکھس یتھ بےٚ سوکھ سوال سزہم

پزر، چھُ گاش سکونس کمے پہن مازاں
مگر سُہ شب مہ لیکھم زونہ ہند امار شرزہم

مےٚ خرقہ چانہٕ وجوُدُک مزٛر انان باضے
اگر بہٕ زیٹھہِ گمانن اندر، ژٕ لاد ہیزہم





وچھس لیکھُن عذاب اکھ تہٕ پانہٕ ژۏل
اُچھن مۆتھن مےٚ خاب اکھ تہٕ پانہٕ ژۏل

پرٛژھس مےٚ وزملن اندر بہٕ واتہٕ کۆت
نبس لکھُن جواب اکھ تہٕ پانہٕ ژۏل

دۏپُس مےٚ کیاژٕ چھکھ مےٚ کٔیت خبر چھیا!
لوٗتے دۏپن ''کتاب اکھ'' تہٕ پانہٕ ژۏل

مےٚ سونتہٕ واو زاو پھٔری تیونگل تہٕ ثُمٕر
پدٕن مۆتُھن گولاب اکھ تہٕ پانہٕ ژۏل

مےٚ دۏپ دیم گوناہ پٔنٕنۍ اُچھن ملنۍ
مگر دِتُن ثواب اکھ تہٕ پانہٕ ژۏل





یٖیمہِ شہرٕکی بسکیٖن، بہٕ زانکھ
کُس چھُکھ دَے، کیٚاہ دٕپن، بہٕ زانکھ

گَم گَم سِر دۆبرِتھ چھِ کٕنَس تَل
دی تن سونٕہری ٹیٖن، بہٕ زانکھ

نارٕکی موکل رَخ بدلٲوِتھ
المن کھالان شیٖن، بہٕ زانکھ

بارۄڈُک گُلۍ میوٗھاہ گُرۍ گُرۍ
کُمۍ کس پۆر یِسپن، بہٕ زانکھ

حرفن لاگاں ہتھ ہتھ معنے
صرفن وایاں ہپن، بہٕ زانکھ

عٲلمُک معنے ڈۄل الفاظن
نتہٕ گۍ گم گم چپن، بہٕ زانکھ



